# اسرارِ خودی

منظوم کشمیری ترجمہ

غلام احمد ناز گل گامی



اقبال اکیڈمی پاکستان

۱۱۶- میکلوڈ روڈ لاہور

# اسرارِ خودی

## منظوم کشیمری ترجمہ

از


غلام احمد ناز گُل گامی





اقبال اکیڈمی پاکستان

۱۱۶- میکلوڈ روڈ لاہور

طبع اول : ۱۹۶۹ء

طبع دوم : ۱۹۸۳ء

تعداد : ایک ہزار

قیمت : ۲۲ روپے

طابع : بختیار پرنٹرز لاہور (بتوسط)
المعارف گنج بخش روڈ لاہور

ناشر : اقبال اکیڈیمی پاکستان لاہور

بسعی و اہتمام ڈاکٹر وحید قریشی
ڈائریکٹر اقبال اکیڈیمی پاکستان




# کأشِر اسرارِ خودی

غلام احمد ناز کُل گامی



اقبال اکادمی۔ کراچی

# پیش لفظ

اسرار خودی کا کشمیری زبان میں یہ پہلا ترجمہ ہے جسے اقبال اکادمی کراچی شائع کر رہی ہے۔ یہ ترجمہ جناب غلام احمد ناز کلگامی نے کیا ہے۔ جو کشمیر کے رہنے والے اور کشمیری زبان کے مشہور شاعر و ادیب ہیں۔ اس سے پہلے جہاں تک مجھے معلوم ہے اقبال کے کلام کے کسی حصّہ کا کشمیری ترجمہ نہیں چھپا۔ ناز صاحب نے ہی آج سے تقریباً بیس سال پہلے شکوہ اور جواب شکوہ کا کشمیری میں ترجمہ کیا تھا۔ مگر اس کے فوراً بعد وہ تحریک کشمیر کے سلسلے میں جیل بھیج دئے گئے اور وہ ترجمہ منظر عام پر نہ آسکا۔

غلام احمد ناز سنہ ۱۹۲۳ء میں کشمیر کے موضع سویٹ ٹنگہ پورہ تحصیل کُل گام ضلع اسلام آباد میں پیدا ہوئے۔ ابتدائی تعلیم کُل گام میں ہوئی جہاں سے آپ نے مڈل پاس کیا۔ انٹرنس کی تعلیم اسلام آباد میں ہوئی اور بی۔ اے سری پرتاپ کالج سری نگر سے کیا۔ وہ ایک لائق اور سرگرم طالب علم تھے ادب سے انھیں شروع ہی سے لگاؤ تھا۔ کالج میگزین کے ایڈیٹر بھی رہے۔ کالج چھوڑا تو سیاست میں داخل ہوئے۔ یہ احساس ایک کشمیری نوجوان کے لئے ناگزیر تھا نتیجہ یہ ہوا کہ جیل میں بھی گئے۔ جیل سے ۱۹۴۹ء میں پاکستان پہنچے یہاں انہوں نے کراچی یونیورسٹی سے ایل ایل بی کا امتحان پاس کیا۔ اس کے بعد بیرسٹری کیلئے

لندن گئے۔ لندن میں آٹھ سال قیام کرنے کے بعد ۱۹۶۰ء میں پاکستان واپس تشریف لائے۔ اس وقت سے یہیں ہیں۔ ان کی پہلی مشہور تصنیف "معراج نامہ" ہے۔ ان کا کچھ کشمیری کلام تین حصوں میں مدون ہو کر کلام ناز کے نام سے شائع ہو چکا ہے۔

اقبال نے اپنی مجموعی شخصیت کا عکس ایک شعر میں پیش کیا ہے۔

تنم گلی ز خیابانِ جنّت کشمیر
دل از حریم حجاز و نواز شیراز است

اسرار خودی، کا کشمیری ترجمہ اقبال کی شخصیت کے تینوں پہلوؤں سے تعلق رکھتا ہے۔ اسرار خودی، فارسی میں لکھی گئی اس کا پیغام خالص اسلامی ہے اور اس کا پیغام ایران صغیر یعنی کشمیر کی زبان میں کیا گیا ہے۔

مجھے معلوم ہوا ہے کہ ناز صاحب اس وقت اقبال کے کلام کے اور ترجموں میں مشغول ہیں۔ مجھے امید ہے کہ وہ دن دور نہیں کہ اقبال کے سارے کلام کا ترجمہ کشمیری زبان میں شائع ہو جائے گا۔ اور یہ بھی امید ہے کہ باقی ترجموں کو بھی اقبال اکادمی شائع کر سکے گی۔

ممتاز حسن

کراچی یکم جون ۱۹۶۶ء

ز

# زان

محمود گامی تہٕ رسول میر سندہِ علاقک یُس نوجوان طالب علم سری پرتاپ کالیج سرینگرکہ میگزینک ایڈیٹر اوس تہٕ یمی نوجوان طالب علم ایڈیٹرن میگزینچہ پیشانہ پیٹھ یہ بن شار لیو کھمت اوس ؂

دل تنبہ لاوو رازہ ہونزن موختہ ہردنا
یتھ کاشرکس آستانس چونہٕ جردنا

سُہ طالب علم اوس غلام احمد ناز کُل گامی۔ یس زن مہجورس تہٕ آزادس پتہ ازکہ کاشرہ شاعریہ ہندہ استانچہ پنجہ بُہن پیزہ ہے مگر زمانن واتنو د سُہ اَمہِ بدلہٕ لندن تہٕ راول پنجہ۔ غأر، اَمہِ دلیلہ ہُند تذکرہ چھُ ناز صأبن یتھ کاشرہ اسرار خودی ہنزہ پنہ کیتھ منز یانہ کورمُت۔

ییٚژ ستم ژألم نگر گوو بوڈ غضب
ژُھن میہ مُشر آدت ہنٛز کاشُر ادب

ڈٔلہ میہ نظرو بولہ وُزُ بُلبُل ہنزُ
ڈٔلہ میہ نظرو مُشکہ ہتہ ترم گُل ہنزُ
تملہ نہ کاہنہ بُلبُل نہ کاہنہ گُل نظرہ گوم
بولہ باشس آخر و ژھن اندری شُر ہیوم

کنرٕچ تہٕ دبدبٕچ صرف یہے دلیل لیکھنچ ہمت اگر ازتہٕ کانٛہہ کاشرِس شاعرس یا ادیبس آسہٕ، یہ چھُ پانہٕ سپُٹھاہ بڈُ اکھ ادبی دلیل۔

سری پرتاپ کالجچہ طالب علمی ہندِ زمانکہٕ یم غزل کلام نازنہٕ کہن رسالن ہندِ صورتہٕ چھاپ سپدی۔ تم آسن میانہٕ پانٛژھ وارِہن کاشرِن وُنہ تہٕ یاد۔ نازصابنہٕ معراج نامک سٕہ سوز چھُنہٕ وُنہ میانہٕن کنن مُشتھ گومُت یُس مہہ کاشرِ ہندِ بن کینژن علاقن اندر رشیدن منز بوزمُت چھُ۔ یہ ادس سُہ زمانہٕ ییلہٕ اکھ طرفہٕ مہجور کاشرِ شاعری اندر رسول میرنِس دردٕ وسوزس ٹیگورس تہٕ اقبالس سیتی رلاوُن یژھان اوس تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ سون آزاد گوو نماتت عبدالاحد آزاد نوہ لیہ غزل خوان اوس۔ اتھ زمانس منز شاعری کرٕنہٕ تہٕ پنُن پان مانٛزراونچ ہمت گژھِ اُس بڈ کتھ۔ اتھ زمانس منز ییلہٕ نازصابن سیاستکِس میدانس منز قدم ترود، اننہٕ تہٕ تھاو تموکا بامرگہٕ ہندِ بو عوامی جلسو پیٹھہ مختلف جیل خانن تام پننٕ انفرادیت قائم۔ امہ زمانکہٕ یم نظم چھُ ونہٕ تہٕ پننہٕ جایہ بوڈ ادبی کارنامہ۔

؎ ووہ تھ گرٛیستیا ان انقلاب

؎ گرٛیستیا دوہ نھ ترا وٕ غفلت شانہ پنہٕ نے پرزہ ناوٕ

؎ لوبان دل شوُبان کیاہ جانا نہ چھنڈہ سون

؎ گودنایہ غضب غفلتن وڈل مایہ مُسلمان

امہٕ پتہٕ ووت نازصاب جیلہٕ نیرتھ پاکستان، انگلستان تہٕ خبر

کوٗت کوٗت۔ مگر شاعری ہٕندِس پاٲزدہ ژٕ بڈٕی بڈٕی شکار پادٕنس لاۓق گوٚت ادس تس۔ چھُہ ریتٕھ ترٚیشٕ چھنُک عادت۔ پنڈ[15] ہن وٚرِین رُود نازؔ صاب اُمِس پاٲزس ہیٚنُک رت ونداں مگر ترٚیش ییہ تس نٕنہٕ چِی جینہٕ۔

پرٚوس یمِی دۄہن آسو نازؔ صاب مبہ سمکھنہٕ کراچی پیٹھہٕ رادلیہ ہنجہ آمتیہ سیٹھاہ بخشہ پتہٕ کوٗرٕ مبہ نازؔ صابس اسرارِ خودی ہندہ ترجمُک سُہ انگریزی نُسخہ حوالہ یُس ڈاکٹر نکلسن (Dr. Nicholson) کوٗرمُت چھُہ میون مُدا اوس نازؔ صابس کُنہِ پاٹھۍ سُہ مشرووُمت سبق یاد پاوُن یمہ باہت علامہ اقبالہ سُندہ تھدِ پایکؠ کاہنہ دِوہ سُتاد آسُن گژھہ ہے شُکُر چھُ کہ میون مُدا سپُن پوٗرہ تہٕ نازؔ صابنہ شاعریہ تہٕ لُب لفریبن ادا دریہ پتہٕ دوبارہ زندگانی۔ یمہ ساتہٕ نازؔ صابن اسرارِ خودی ہندہ ترجمُک نمونہ مبہ کراچی پیٹھہٕ ڈاک سوٗزتہ امہ پتہٕ تھوامبہٕ مُکمل نُسخہ مبہ ہوو، مبہ آیہ نہٕ کینٛہہ کانسِہ پٔرُھی، تہٕ کیازِ اسرارِ خودی ہندہ مضمونُک تھزر یک طرف ترٲوِتھ چھُہ علامہ اقبالہ سُنزِ شاعری ہندِ بحر مبہ ہٕرِ حٕرن ماہین تہٕ گاۓین کھوٗژناونہ خاطرہ کافی، مگر یمہ ساتہٕ نازؔ صابس سیتیہ بہتھ مبہ کاشرہ اسرارِ خودی ہُند اکھ شار پوٗز تمہ ساتہٕ پیوو مبہ ایس پی کالجُک سُہ طالبِ علم یاد یمہ کالجہ کہ میگزینچہ پیشانہ پیٹھہٕ لیوکھمت اوس:۔

دل تنہٕ لادو رازہ ہوٗزُن موختہ ہرونا
ییٚتھ کاشرِکس آستانس چھُنہٕ جبرونا

مگر افسوس چھُ کہ نازؔ صاب رودی قریبن ارد[18] ہن دِرین بالکل

ژھ پہ دم کرِتھ تہٕ یمہٕ اضافہٕ اہندہ طرفہٕ کٲشرِس ادبس منز دوہ میٚد
عٲمس تہٕ گیہِ نہٕ پوٗرہ کہنہٕ تہٕ کٲشُر ادب گو واکہ رٔتہِ بابہ نشہٕ محروم
اُکِس غزلس منز چھُ نازٕ صٲبن امہ کتھہِ ہُند پانہٕ اعتراف کوٚرمُت ؎

میٚہ وطنکۍ دوٗرِ رٔن وطنک ادب یٔژ کال مشرووُم

بہٕ نازا سبے ادب سپُدس سیاسی بٲزی گارن منز

اتھ چھُ نہٕ کاہنہٕ شک کہ نازٕ صٲب تھوو سیاستنٕ کٲشرہ ادبہ نشہٕ دوٗر، تہٕ کیازہ اگر تمن سیاستکُ چسکہ آسہ ہے نہٕ، تمہٕ گژھہن نہٕ کشیرِ نیبٕہ ہجرت کرنس پیٹھ مجبور زاہ، کشیرِ نیبرٕ تہٕ کٲشرہ ماحولہ نشہٕ دوٗر روزِتھ چھُ ادبچ خدمت کرٕنۍ سیٹھاہ مُشکل۔ تو تہٕ چھُ نازٕ صٲبس شاباش کہ تمو کوٚر پیہ اتھ کُن توجہ تہٕ اسرارِ خودی ہُند کوٚر کٲشرِس نظمس منز ترجمہ، یہ چھُ اکھ بوڑ ادبی کارنامہ تہٕ کاشرِس ادبس اندر اکھ پوشہ وۄن اضافہ، یہ کارنامہ چھُ امہِ کنیٚ تہٕ زیادہ تعریفس لایق کرِیُس مضمون علامہ اقبالن اُردو ترأوِتھ امہِ کنیٚ فارسیس منز لیوکھ کہ فارسیس اندر چھُ اُردوہس مقابلہ زیادے میچھر تہٕ سنیر۔ سُے مضمون کوٚر نازٕ صٲبن کٲشرِ زبٲنۍ اندر پیش یُس فارسی زبٲنۍ مقابلہ سیٹھاہ لوکٕٹ زبان چھہ۔ تو ے کنیٚ ادس مِصرُک ترجمہ مصرس اندر کرُن پیزی باگھ سیٹھاہ کرپوٗٹھ مگر نازٕ صٲبن کوٚر یہ ثابت کہ کٲشرِ زبٲنۍ اندر چھُ نہٕ کم میچھر تہٕ سنیر۔ نازٕ صٲبن چھہ یمہ کتابہِ ہنزِ بینہٕ کتھہ منز اتھ کُن تیٚھ باگھ اشارہ کوٚرمُت :-

خود یہ ہُند مضمون یو دُرے مُٹھ اوس
کاشُرس اندر یہ ترجمہ کرِتھ پوٹھ اوس
دوٚن زبانن منز چھہ بڈ فرکھ حضور
فارسی گلشن تہ کاشُر پوشہ ٹور :
فارسیہ کِس گلشنس گُل چھی سیٹھاہ
پوٚنٹ ژھوٹ آسم مگر یہ نی سیٹھاہ
یانہ اقبالن یہ وۄن یتھ پاٹھو وۄن
ترجمس منز لیوکھ نہ تمہ نشہ کینہ میہ بوٚن
کوٚرُن کِنہ شُرس شارکِس دۄگنہ بارے
لیوکھ مصرس مصرہ شارس شارے
واریاہ گوب گوم تلہ کُنہ جایہ بار
ادہ میہ پیہ لیکھنی اکس شارس زِہ شار

نازِ صائبن یتھ پاٹھی مصرس مصرہ تہ شارس شار، لیوکھ
تمیُک مثال چھہ یہ :-

فارسی شار

درچمن جزو دانۂ اشکم نکشت
تار افغانم بہ پودِ باغ رشت

کاشُر شار

میانہ اشہ رِش وۄزونہ تمی کانہہ دانہ بیاکھ
باغ پارودن رُدِتھ میانی و بدا کھ

فارسی شار سہ

سنگ شو اے ہمچو گُل نازُک بدن
تا شوی بنیاد دیوار چمن

کأشر شار سہ

پوشہ تُل چھُکہ اَبن زِ کِنہ ہندی یاٹھو سکھ
یتھ زِ کُن گُنڈشنہ کہ دیوارُک بنکھ

فارسی شار سہ

خاک گشتن مذہب پروانہ گیست
خاک را آب شو کہ این مردانہ گیست

کأشر شار سہ

خاک شیدن مذہبس منز لو میرہ ن
چھے یہے مردی زِ خاک گژھ مول بن

یتھن نازِ صاابن مجبور سید تھا کہ شارُک ترجمہ دوان شارن
منز کوز تتھی تہ تھوو تھو علامہ اقبالہ سُند مطلب تہ خیال پننہ طرفہ
کہنہ رلاوتہ ورأی قائم، مثال سہ فارسی

فارسی شار

ما کہ از قید وطن بیگانہ ایم
چوں نگہ نور دو چشمیم و یکیم ؛

کاشرِ زٕ شارٕ

کیاہ وطن گود ؟ چھ نہ وطن زانان اسی
تید وطنکٕ کانہہ تہ چھ نہ مانان اسی
گاشس بجان بوان یود چھ دوٚن چشمن اندر
چھی گژھی اکہ نظرٕ ہندی پآٹھ بن مگر

میانہ خوشیہ خاطرٕ چھُ ناز صابن یہوٚ سے حُسنِ ظعن کآنی کرتمو زدہنس بو سو خن فہم تہ یمہ کتابہ ہندِ پیش لفظ لیکھنچ کرُہم فرمائش۔

آخرس پیٹھ یہوٚ یہ ناز صابنے اک پرُن شار یادیس تمو ۱۹۴۰ سنہ اندر ووٚنمُت چھُ سہ

ناز صابُن کیاہ ستا مطلب تہ کیاہ آسہ خیال
کاشرِن منز گوژھ تہ سورُے واتناوُن جان پآٹھو

غلام رسول طاؤس بانہالی
راولپنڈی۔ ۹ر اپریل ۱۹۶۹ء

۱

# پننٕ کتھ

یاد چھُم اوٚسس بوٚنِیہ گھرٕ بارٕ وول
پن رٕنسی باغس اندر اوسُم میہ اول

خوٚش یونٕ آسی گلشنکۍ شراوُنٕ تہٕ یوٚہ
وندٕ کرتٕ چھیرتے بہارٕکۍ میٹھۍ دوٚہ

دل مٕسرٕ دِتھمت اوسس گلشنہٕ کین گُلن
بولہٕ باشس اوسس کران منز بُلبُلن

ہنگہٕ تہٕ منگہٕ تمہٕ باغہٕ اکہٕ دوہہٕ دراس بوٚ
گُل پننٕ تے اول ترٲوِتھ آسس بوٚ

جلد گژھہٕ واپس یہوٚ ہی اوسم گمان
رنگ مگر گوٚ بیاکھ ہاوِتھ آسمان

گے غلط تقدیرٕ تدبیر کٔی قیاس
دوہ مہ گُرٕ زٲدِ م تہ گے ہیٚتھ گُن شہ ساس

ازتہ گلشنہ نینہ نشہ ییٚژ دُور ژھُس
منزِلہ کنٕز کیاہ، وقتہ کنٕز مجبور ژھُس

ییٚژ ستم ژٲلم مگر گوڈبوڈ غضب
ژمن مہ مشرٲدت ینٕن کٲ شُراد ب

دنتہ ہا وقتو، چھُہ کمہ چیٖزُک قصور
چون چھا یا میون یا لانیک قصور

ہٲل چھم، دمہ ہا میکُ لانس ودہ لام
تس بری کرہ میانہ لوہ کچارکُ کلام

کیاہ ونے وقتو، گُندانتھ منز قصور
آلِہ گمو کوڈنس تہ تھوٗونس باغہ دور

لاگہ ہے ژسے ہانژھ یاکرہے بوہ گراؤ
چھُے مگر ژرہہ تہ میون جگرس آمہ تاؤ

چاۓ ذ ہرگاہ آسہ ہے کہنہ زان مے
سپدہ ہے پرہتھُ مشکلاہ آسان مے

چانہ پرتوہ نِشہ بوُروُدسُ بے خبر
پننہ انہ گٹہِ مننزڈ جم اندرم نظر

ڈلہ مہ نظرو بولہ وذ بُلبُل پننی
ڈلہ مہ نظروِ مُشکہ ہتہ تم گُل پننی

یلہ نہ کاہنہ بلبل نہ کانہہ گُل نظرہ گوم
بولہ باس آخرو ڈھن اندری شتر ہیوم

یلہ کُنبر ہیوم دُور رس اندر زرن
پانسی سبھتن مہ ہیئت چُری گش کرن

میون چُرٕ گیش بوزٕ دِیوٕ بُلبُل تہٕ میون
میانہ باغکۍ پوش سأری گُل تہٕ میون

ہیتھ چھُ رنگہ رنگہ پوش گلزارِ خودی
بچھ مہ توہ کنز کأشر اسرارِ خودی

فارسیس منز لیکھت اقبال گو
خود یہ ہُند بأوِت شُہ حال وقال گو

زون سۄن وارہ امیک مضمون تمۍ
فارسی توہ کنز لو بُن موزون تمۍ

پانہ امہ کتھ ہند کرت گو اعتراف
وون یہ تمہیدس اندر تمۍ صاف صاف

"مثنوی لیکھنک غرض چھُ نہ شاعری
نے پوہ تۍ پوزا مُد اسنے بُت گری

چھُس بوٗ ہندی، فارسی نشہ بے خبر
چھُم نہ ژندرکۍ پاٹھۍ کہنہ بانس اندر

ژھانڈ موسے نثر ژٕہ تتھ تحریر جان
خانسارچ، اصفہانچ یژھ زبان (۱)

میٹھ یوٗد مدریر ہشِ اُردو زبان
میچھرس منز فارسی تمہ کھوتہ جان

چھُم مہ فکرن تے خیالن منز تھزر
فارسی تتھ کُت چھُ لائق تے زبر"

ہا پرن والیا! ژٕہ مطلب پانہ زان
فارسیس نش چھ کیاہ کاشر زبان

---

(۱) خانسار تہ اصفہان چھہ ایران چہ تمہ جایہ یمو واریاہ مشہور شاعر یادہ کرئ

خود یہ ہند مضمون یم دوے میوٗ ٹھاوس
کأشرس اندر یہ ترجمہ کریوٗ ٹھاوس

دوٚن زبأنن منز چھ بڈ فرق تہ حضور
فارسی گلشن تہ کأشر پوشہ ٹوٗر

فارسی کس گلشنس گُل چھی سبٹھاہ
ووٗنٹ ژھوٹ آسم مگر پینٕنی سبٹھاہ

پانہ اقبالن یہ وٗن ییتھ پأٹھی دوٗن
ترجمس منز لبو کھنہ تمہ نشہ کہنہ مرہٕ ہوٗن

کوٗر نہ کنرس شارکس دوگنبارمے
لبو کُھ مصرس مصرہ شارس شارمے

واریاہ گوٗب گوم یلہ کینہ جایہ بار
ادہ مہ پییہ لیکھنی اکس شارس زہ شار

ترجمس منز پٲدٕ گے خامی تۄے
کُنہٕ بینوس شہری تہٕ کُنہٕ گامی تۄے
ہوش والیا گٔژھ مہٕ کڈھ شیشس ژٕ زاہ
وۄل برامہٕ کِس شرابس وارِیاہ"

سارنی حرفن ژٕہ اکہٕ معنہ ژار
خود یہ ہُندسۄن نوکتہ پانس فکرٕ تار
سننہ سیتی فکرٕ یہ تہٕ پانے ترِی
"شاعری جزویست از پیغمبری"

سُے چھُ شاعر نار پرٕزکُ یس اندر
ذات یمی سنز گاشِ ظلماتس اندر
دنیہس منز قومہ بلہٕ غافل گژھان
چھُے یتھے شاعر تمن آلو دوان

گاہ بنان رُومی تہ گاہ عطّارسُے
گاہ رٹان اقبالہ سُند انہارسُے

سوُرداسُنز جامہ سُے گاہے ولان
روپ کاؔلی داسہ سُند گاہے رٹان

خودیہ ہند پیغام ہیتھ اقبال آو
سوزہ تمی سندہ سیتی لوگ سینن الاو

خودیہ ہندی اسرار کرٕ موزون تمی
سانہ باپت ہورٕ جگرُک خُون تمی

وُچھ مے اتھ منز پوشہ ونہ لُکنک نشان
ڈڑ توسے باپت مے اتھ کاشُر زبان

چھی مو لُلہ واراہ امکی ساری حرف
”گرقبول افتد زہے عزوشرف“

مولانا رومی سندہن تمن ترین شارن ہند ترجمہ
یمو سیتو اقبالن اسرار خودی شروع کر

پیران نہ ہمرس ڈرونگ تہ چھلوہ پہ شیخ وِنان اوس
اودن ماریٹ پہ چیرہ مہ انسان آ گوزہ مے
بےزار کرورس وار یاہ کہ حیوان آن رفیغ
شیر خدا نہ رستم دستان آ گوزہ مے

دو مس مہ یہ مشکل چھ لبُن تی چھ شیرھان اسی
دو سپنم لبُن لپُس چیز چھُ نہ آسان، گوزہ مے

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# گوڑہ کتھ

چھُونہ کُنی چیزہ تہ کم میانہ وِنُک ہو کھتہ اودُر (۱)
لکرہ یلہ نیرہ نہ منبر، لوہ کرس دار تیار
شب ژُٹھ سیلہ کھنوت پر بزلوژن آفتاب
چھلنہ لوگ بُتھ میانہ اشہ دلئے گوہ لاب
بہ چھج نندراش میاآئی ازچھن یمبرزوہ لن
گودژمُن بیدار، گوس آلوکنن

---

(۱) یہ شارچھُ نظیری نیشاپوری سندہ شارُک ترجمہ

میانہ کتھ بوزان گودیلہ باغوان
کوڑ تمن ہندہ طاقتُک تمہِ امتحان

میانہ بتیُک مصرہ اَک تمہِ پانہ وڈو
لُوڑِ تمہِ شمشیرِ یلہ تت فصل بوُدٕ

میانہ اشہ رُس وُوٕ تمہِ کانہہ سانہ بیاکھ
باغ پٔیٖ رودُن رُتِ میانی وبداکھ

ذرٕہ چھُس اختاب چھُم پانس اندر
چھم مہ ناس منز کھٹت ہتہ بدی سحر

میانہ مژہ ہنز بوزا اصلیت چھہ کیاہ
چھِے سہ روشن جام جمہ کھوتے سبٹھاہ

دُنہِ یہ کہنہ تھٲوت چھُہ عالم یڈٕ اندر
میانہ مژہ چھِے وارہ تمہ چیز چ خبر

کوٚر خیالن میانِٕ سُے روساہ شکار
یَس ونبکُ تامت چھُز بوہ نکُ انتظار

یوٗشہ وآراہ میانِٕ واراہ لوٗ بہ وزٕ
یُس درمُن کھرنے تمی سیتی شوٗبہ دزٕ

لونچہ منٛز تم پوشس سو مبر آوت رِہ چھیم
لنجہ منٛزہ چھی نیرنے از تام رِیم

عالمچہ رگہ ہنٛز مہ وآیم تا ریام
گے سبٹھاہ برہم گبوَن مجلس تمام

سازِ فطرت میون نہٕ آلو دوان
تمہ کہ سوزچ چھے نہ میانن یارِ زان

چھُس بونوٗ اختاب سمارس اندر
چھَم نہٕ وُنہٕ نبہ کین رواجن ہنٛز خبر

ژُدُنہ وُنہ تارک وچھت اختاب میون
چُھنہ پریشان حال وُنہ سیماب میون

میانہ نوررچ چھےَ نہ وُنہِ سۆدرس خبر
مآنزہِ رنگ کھتھٕ میون چھہ نہ بالس خبر

ہاَں وُنہ چھہ نہ میانی دُنیہچن اچھن
بیمہ نہنہ رکہ سیتی چھُم لرزان بدن

رات گے تے صبح سوزم مشرقن
سوم گُلشن عالمک نوٗی شبنمن

سُلہ ووہ تمان صُبحس چھیم پرہیزگار
چھُم تمن ہُندے مِہ واراہ انتظار

چھُے سُہ زرتشتی مبارک شادمان
آتشس میأنس چھُیُس پُوزاکران (۱)

چھُس بوتیوتھ نغماہ چھُیُس پلنے وزان
پگہہ کرِس گوہ نماتہ سُند آلودوان

وقت محرم میون اسرارک چھُہ نہ
میون یوسُف اڑی کہِ بازارک چھُہ نہ

ناوہ میدی چھُم دوان پرِتھ یارِ پرٛون
کریِم موسٔے چھُہ دزہ وۄن طورمیون

---

(۱) زرتشت :- اَمس متعلق چھُہ دَپنہ یوان زہ یہ اوس قریب ۱۵۰۰ سٕ م ب ایرانس منز زامت + یلہ آریہ مذہبکو لوکھ ایران وأتی، تموکر زرتشتی مذہبس منز آتش پرستی داخل تہ کیاہ تم آسی خالص نار چہ تہ اختانچ پوزاکران

(نازؔ)

سوزِ یارن ہُند چھُ شبنم ہیو بے جان
شبنمس ییٚ آنس چھُ سودرُک ہیو طوفان

نغمن ہُند آگُر مہٕ چھُم ییٚ کھی جہان
میون روہ نہٕ شروٕ ژٕ بوزہ ییٚ کھی کارسان

واریاہ شاعر بنٕیہ ہر مُودی یم
مرنہٕ پتہ بیہ زایہٕ تے زندہ رُودی تم

ینہٕ اچھ یودوے وٹِت تھاوے تمو
وارہ پٲٹھۍ اچھ سانہ مژراوے تمو

نیستی ہندی جامہ پرٲٹِت درای تم
رخت ہستیہ وول لٲگِت آی تم

پوشِ زن کھتی تے ژٕوٚ ٹلکہ مژہ ہندی پوشاک
کھتی کرت ینہٕ نی مزارُک سینہ چاک

گے سبھاہ صحراوہ یمہ یوذ کاروان
ڈُونٹہ قدمکی پاٹھی گے لوٹ لوٹ لیکان

چھُس بوہ عاشق، دین پچھے فریاد میون
اردلیاہ اک محشرک کربکہ نا دمیون

تارہ ہندہ مقدورہ چھُس زیادے وزان
سازمافتِہ میون چھُم نہ کاہنہ گمان

چھُس نہ ہرگاہ میانہ سہلا بچ خبر
جان گوچھُ نہ جان کہنہ قطرس اندر

باخبر یوِذ سوُدرنمہ طوفانہ گود
جان گو ہرگاہ توسے دیوانہ گود

چھُہ نہ کوہ لن منزواتہ وؤن عمّان میون
دہیہ بڈ بن سوُدرن اندر طوفان میون

گلشنا ہیو پھول نہ یُس یُس پوشہ ٹُور
رود میانے سونتہ کالہ کیہ اَوبرہ ڈُور

چھم شونگت وُزملنہ مے پانس اندر
چھس گریزان بالن تہ صحراوس اندر

چن سمندر ہیون چھُکھ صحراوٗ اگر
طوریود چھکھ نالہ موت نرٹہ میانہ کر

پشرمُت ازلے چھُوہم آبِ حیات
زندگیہ ہندہ رازہ محرم میانی ذات

آلون میانی درس منز جان ترووٗ
آیہ یکھہ تس تے پرہ بزلوٗن کیوم بنیوٗ

میانی پائیہ بھٹن سیر کانسی بوٗ نہ
معنیک پتھ موختہ جری جری تھوٗ نہ

ووله، کریے سیر پوشر دنہ عشقک عیاں

ووله، گژهی ہرگاه زمین تے آسمان

ہیرن اسمانکی وننم سیرچ کتھاه

راز یارن نشہ کھٹتھ تری تھوم زاه

وه تھو سہ کلہ والاتہ بر پیالس شراب

دُور یُس وقتک کرہم غم تے عذاب

ووه تھہ سہ تمہ آیک تہ گُل بانس ژه تراؤ

آگرہ سس یمہ کس پہوُست زمزم چُھ ناؤ

یلہ چُھ تت پوزاکران اک بچھ وو ناه

بچھ وٗو ناه آست چُھ سپدان بادشاه

ہوشہ والین زیاده ہشیاری دوان

دیده والین زیاده بیداری دوان

یُس بنا داں گاسہ تجہ اک کوہ تہ بال
یُس دِوان سۂہ سُند چھُ پڑھ لاوِس جلال
یُس دوان خاکس چھُ عرشُک ہیو تھزر
یُس دوان قطرس چھُ دریاوُک سبز
آسہ ولولہ رُوس یمۍ سُند زُو تہ جان
چھُے تمس منز محشرُک غوغا بران
یُس دواں گکوسس شہ طاقت تے خودی
پنجہ تمۍ سندۍ بازہ رتہ ووہ زلان چھی
ووہ تھُشہ مس چاوُم یمک یئرہ چھُم تلاش
فکرہ ہنزہ انہ گٹہ مہ ہاوُم زونہ گاش
یُتھ پنُن منزل آوارن ہا ووہ بوہ
کیاہ بے تابی گے، نظارن ہا ووہ بوہ

نوٗد تلاش ئُیتھ تیز کرہ میانی قدم
پأدہ ییتھ سے آری زدیاہ نوٗ گرٚش جم

شوقہ والبن ئُیتھ اچھن دِمہ نور بو
سپدہ ییتھ مقبول ستے منظور بو

ئُیتھ بو شرٚ یہ منزٕ عالمس تتھ پاٹھٕ زن
ییتھ شرٚ پان آب لوچھُ دیہکبن کٔنن

یو دمہ ییہ ہاوُن ہنٛن خونِ جگر
ثارٕ کٔرِس مالس بو دمہ زرخس تھزر

وُنہ چھ علمن ہندی کھٹتھ اسرار کیتی
ییہ بو پیرہ تم پیر رومٕنہ فیضہ سیتی (۱)

---

(۱) مولانا جلال الدین رومی (۱۲۰۷ء۔ ۱۲۷۳ء) زادہ ۳۰ ستمبر ۱۲۰۷ء مطابق ۶ ربیع الاول ۶۰۲ھ وفات ۱۷ دسمبر ۱۲۷۳ھ (ناز)

نارہ تنگل چھی زوک سرمایہ تس
چھُس بوہ تمبراہ، ٹھہرہ وون ساتس کھندس

سوختہ دزہ وُڈزا آنگو کوڑ پروانہ میون
بوڑ شرابن پآنز پانے بانہ میون

پیر رُومن کیمیا مژ میأنز کرِ
نورہ ستی تمی میانہ پانچ گرد بر

گونڈ کمر صحراوہ منزہ خاکو ذرن
تیُتھ سہ حاصل کرہ ذرٔن اختابچن

چھُس فقط لہراہ بوآبچ موختصر
رومیس حأصل چھُ سودرُک ہیوٚ بحر

چھُم مہ تمی سودرس اندر منزل کرُن
چھُم پیرہ بز لوٚدن موختہ تتہ حأصل کرن

تمۍ سنٛدی موٚ یہ سیتۍ مستی میا نٛ چھے
تمۍ سنٛدی دمہ سیتۍ ہستی میانٛ چھے

آس اکھ راتھ بو اوسس شب کران
منز دلس اوسم مہ فریاد کھ طوفان

رات آس خاموش تہ یژ بے صدا
دل کران اوسم سبٹھاہ یادِ خدا

وقتہ کبود ادیو لوہ گراو اوسس کران
بانہ چھوٚن اوسم تو سے اوسس وُدان

وُچھنہ کس شوقس اندر تیتھ ہیو سینوس
کل گنئے یم نندرہ کُن مائل بو گوس

پیرِ برحق گوم خوابس منز عیان
فارسیس منز چھُ یمی لیو کھمت قرآن ①

---

① مولانا جلال الدین رومی

تمہ ژُم ہا عاشقا، دوہ تہ ہوش کر
دام اکھ عشقکہ شرابک نوش کر
محشرکہ ہنگامہ وُزہ ناوُن جگر
ہمتہ سان وہ تہ راز عشقک فاش کر

ژورِہ اسنس منز ژۂ رتہ بڈی نالہ تھاؤ
کھنجہ جگرچہ سیتو اشر دائنس رلاؤ
پوشہ ٹور چ ژھوہ پہ ژہ لاگھو کوت کال
وہ تہ تہ پوشکو پائٹھی سرژگ کُن دُمشکہ بال

شوراسبندک ژ یہ چھے پانس اندر
پان وہ تہ تراوُن پنن نارس اندر
نالہ یم خاموش چھی بدنس اندر
تم ژہ رہ نہ ہندی پائٹھی ژھٹہ ساری نبر

نارِ جُھکُ دُینہِ چہ مجلسہ گاشہ ہاو
دِوَن تھ دِہ لوکن ینہ امہ سوزک الاو

سیر تس کلہ وال پیر ذٔ عام ون
مس ژہ بن تےناؑ ذٔژ ھن شیشک پھرن

گنیٔ ژہ بن سے لای ڈرہ کس آئنس
شیشہ فرٔاون ینۍ منز بازرس

شیچھ نیتا بےٚ ژہ ینہ ہندی پاٹھو دن
لیلہِ ہندہ قوبچ خبر قیس ژہ آن

باک ژھٹنک طرز بیاک ایجاد کر
شورہ سیتی مجلس پننی آباد کر

دِوَن تھ نتو وُوے زِ وپادہ کر زندن اندر
تُم ونت زندن ژہ وارے زندہ کر

وۄتھ نوِی وتہ پیٹھ قدم ژٔہی تھاوِو ونٕ

وۄتھ ہیتم دیوانگی مشہ راوٕ وونٕ

کیاہ چھُ گفتارُک لذت کرِیا دٕ زان

تٕ قفلیٚ رو زِ چھُک ژٕہ ہاوزٕ ناوِپان

پیرہ سنزٕ کیٚہہ سینہ بوزٕنم سوز کیتو

گیمہ ہیہ ہندی یاٹھو ولولہ یادٕ کیتو

تارِ منزہ نیرت بو آسے سوز زن

واتنو دم جنتُک صا دا ہ کنن

کیاہ خودی گے سیر تمہ کُے بوڑے

پردہ پرٲٹِت رازُ سے نگر ردوٗ سے

نقش ہیتیہ میانہ ہُندا وس ناتمام

واریاہ ناکارہ ، نالائق تہ خام

پھِرہ دائو عشقنک لوگُم تے ٹھیک گوس
نقش کوزنم پُورہ تمی، آدم بنیوس

پان یامت پورہ آدم زون مے
"کبتھ چھُنہ تے" کوتاہ چھُہ" عالم زون مے

پان الہ راوان مے اسمان وُچھُم
زُونہ ہنزہ رگہ منز رتک دوران وُچھُم

وودِمہ انسانس پتن راز ن سیٹھاہ
ادہ وُچھُم چھی زندگی ہندی سیر کیاہ

وارہ مُمکن کس وجودس منز لوپُر اس
یوشہ وون ہتھ تورہ لسہ نکسیر دراس (۱)

---

(۱) ممکن الوجود:۔ انسان تہ باقی ذاتہ ذات مقابلہ چھُ واجب الوجود۔ (خدایہ سنز ذات)
(رناز)

خاکِ پا اسلامہ چھِ چھے میانۍ ذات
زُون ہشں توہ کنہ مہ پآراوم یہ رات

دین اسلامکُ چھُ یُس شِر شوہرہ وول
تازہ سوزکُ یمہ دلن منز نار زول

تمہ ذرن ہُند فصل ووُو اختاب زای
واریاہ رُومی سہٹھاہ عطآر آی (۱)

گرم وِدہش چھُس آسمانن پیٹھ کھوتُس
چھُس بو ہرگاہ دہر، بو نارکُ نسل چھُس

میانہ قلبچہ فکرہ لوُب وارہ تھہرز
نون کوڈن ئی چھے نوَن پردن اندر

(۱) حضرت فریدالدین عطآر (سنہ ۱۱۱۹ - سنہ ۱۲۲۹ء) اصلی ناو اوسکھ ابوطالب (یا ابوحامد) محمد بن ابراہیم + فریدالدین (دینک موختہ) اوسکھ لقب تہ عطآر (خاندانی پیشہ کنی) تخلص (زانہ)

سپده قطرڪ پاڻ ٿيُھ دریاءُ هيو
ذرّه بنه تُجبرسس اندر صحراءُ هيو

# عالمُک نظام چھُ خودی منزٕ سۭد رامُت تہٕ یوٗت

## خودیہ منز دربرآسہٕ تعینات (۱) وجودٕ چہٕ زندگیہ

## ہند سلسلہ تہٕ چھُ تتھے محکم گژھان

عالمچ ہستی خودی ہند اکھ نشان
سبھ تمہ کٕے چھُے یہ کینژھا چھکُ وُچھان (۲)

پان پنہٕ نُے خودیہ ملہ بیدار کوٗر
تمہٕ خیالکُ عالماہ اظہار کوٗر (۳)

---

(۱) تعینات وجودٕ گوٚ تصوف کس اصطلاحس منز وجود مطلق (خدایہ سنز ذات) کہ برٕنوٗک قید گژھن۔ یہ ہی پرتو چھُ انسانن تہٕ حیوانن منز، کلین تہٕ کینٹن منز، کوہن تہٕ دریاون منز، زونہ تہٕ آفتابس منز، زمینس تہٕ آسمانس منز نازٕ

(۲) خودی ہند لفظ چھُ اقبالن یتہِ جایہٕ اناے مطلق (خدا) کس معنیس منز استعمال کوٗرمت

(۳) یمہ شارک اشارہ چھُ شاید صوفین ہندِس یتہِ مقولس کُن دُئمس صفحس پیٹھ) ناز

تس کھٹِت ذاتس اندر دنیا چھ کیتو
غیر حق نوٗن دراو تنده اثبات سیتو

پان پنہ سُنے غیر زونن پا نہ تمی
ڈُنیہس دوڈ دُشمنی ہندانہ تمی

غآر پنہ نی اندرہ تمی پآدا کوٗزن
تی کرت لذت سبٹھاہ وآرس دیُن ①

پننہ نرہ ہندہ قوہ وتہ سُے ماران چھُے
کُوت چھُس طاقت یہ ازماوان چھُے

زندگی تمی سنز چھ پانس دھوکہ دین
پننہ رتہ اتھو بُتھ گُلگر یا ٹھین چھُلُن

---

(تتمہ صفحہ ۲۹) کُنتُ کنزاً مخفیاً فاَحببتُ اَن اُعرف فخلقتُ الخلق

① ثُمَّ سَوّٰىهُ وَنَفَخَ فِيهِ مِن رُّوحِهِ وَجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ
وَالْاَبْصَارَ وَالْاَفْـِٔدَةَ قَلِيلًا مَّا تَشْكُرُونَ (السجدہ ۹)

یوڈانن آسیس اکس پوشش بہار
چھےُ کران تت پت سیٹھاہ گُلشن نثار

نالہ دی دی باکہ ژھُوٹ ژھٹے بے شمار
چھےُ کران حاصل سہ اکہ نغمُک خمار

دُچھ اکی اسمانہ باپت کیاہ کورُن
ڈیکہ تمبک پانے ہتو ژندرو جورُن

لچھ بدبن حرفن گوڈے تمو رس کورُن
معنہ ادہ پیٚدا اکس حرفس کورُن

معنہ ات کیاہ، کیاہ امکو اسرار چھی
کیازہ یُتھ اسراف تے سنگیں دِلی

دارہ گو قائم تڑے کُنی کائنات
لوب کمال حُسنَن تہ مخلوق حیات

ٹسکلہ واجیؤ آس شیرین وا ریاہ
ژآ آ فرہادن توسے کنیؤ دوہ کھ سبٹاہ

نافہ اکہ بایت چھُ تِلہ نیراں ٹسکآری
چھُس یوان اَتھِہ رُوسی واراہ مآری مآری

چھُے دزُن پروانن ہند قسمت دوہ ہے
تم کران ژآئنگس توسے کنی گت دوہ ہے

دوہ اژگ واراہ اَنِن صُورژا ندر ؎
یتھِہ سُہ کڈہ تمہ اندرہ اکہ پگہک سحر

نارہ ابراہیم زآلن واریاہ
دؤو توسے اکی سی محمدؐ سُند شاہ

عملہ ہند مطلبہ چھُ کم کم سنگ کران
چھُے گہے معمول، اگاہ عآمل بنان

گاہ وۄتھان پانَے گِہے غآرن تُلان
گاہ ورُڈ وترٲوان گاہے رم کران

گاہ دزان پانے نہ گاہ زالان ہین
پانہٕ پرٕ ہزلان ہٕ گاہ چُھ پرٕ ہزلاوان ہین

وقت چُھس آنگن ینٛن تتھٕ منز دوان
چُھے تسنزٕ دتہٕ ہند غبار راہ آسمان

عالمُک گلزار گل کٲری تسنز
رات دوہ نندر تہٕ بیدآری تسنز

بأگرُن تٔتنگل پنُن تمبر بن اندر
عقلہٕ ہیچھ تأ ون جُزس پُز اثرٕ کر

یان فطروُن تہٕ ذرہ پآدا کرن ؛
ذرّہ دہرٲرن تمن صحرا کرن

یام دِل وہرنہ نشے بیزار گوس
یان ژرؤمرہ ووُن تہ بیہ کوہسار گوس

چھُے خودی ہُند خوٚ ہی کرُن پانس نہر
پر بتھ درِس اندر تندی قوت تہُ اثر

عملہ رُس تت طاقتس چھُنہ تاب زاہ
عملہ ہندہ قونونہ کُے پابند سپھاہ [1]

کائناتس زندہ چھے تھاوت خودی
تمہ کہ مقدورے چھہ محکم زندگی

ئلہ گژھان قطرس خودی ہنز خبر نہ زان
چھُس بےٚ قیمت پان ادہ موختاہ تبان

---

[1] وَلَا تَجِدُ لِسُنَّتِنَا تَحْوِيلًا (بنی اسرائیل۔ ۷۷)

جسمہٕ رُس چھُے مس، خودی کمزور چھس
جسم تمی سُند؟ پیالہٕ گُے احسان تس

جسم پیالُک کوزٕ اگر حاصل مَتن
گردشس موہتاج چھُے سانبن اتھن

یان بالن راوُرن ، صحرا ؤ گوس
چھس شکایت جآ براہ دریاؤ ہوس

لہر لہریٔ چھے۔ یوٚتامت گرا ئی تت
سوٚدر دیہ پنہ بنن پھیکین ہیٹھ جای تت

اچھ ونان چھی تت، گران تَبلہ آرہ گاش
چھے گران تمہ گاشہ رادہ جلون تلاش

دوہ پدنُک درمنس سپُدسُلہ یادہ جس
ہمنہ پنہٕ نی سینہ پردٕن گاشنس

یام شمعن پننہ پنہ گُے فتآءِ د سوٗر
تمہ ذرد سیتی پان اَدہ تعمیر کوٗر

پان مُلہ دِہ گُلن تہ پانس نشہ سُہ گو
پیوہ تھراوٗشش زن چھنت پنہ ہوا پچھو

کرآئنکس ہرگاہ پوختہ فطرت آسہ ہے
زخمہ نشہ پیچ تمس وت آسہ ہے

غآرہ سندِ ہ ناوٗک پھکس ہیٹہ چھوک چھُلس
بارہ ظُلمت چھُن یہوی سرمایہ لبس

یام گُر محکم زمین پانہ فراست
زدن چھس پھیران اَندی دوہ تہ رآت

دُرزمینکِہ کھوتہ اختانچ خودی
چھے توسے موہ حتاج سے اختا یہ چی

بونہ ہندہ تھزرک تہ بجرک وُچھتہ شان
چھُنہ اچھن فرصت سہ ٹہ وھرچ دوان

نارہ پنہ دُوُنت پلو لاگت چھ تس
چھُس اثر بیا لہک تو ے تھزکارتس

ٹلہ انان سوہ مبرت پنُن طاقت خودی
سوذ رسپدان آسہ یوڈ کو ل زندگی

## خودی چھ مُدا یادہ کرنہ سیتی زندہ روزان

زندگاینہ چھے مُدا سیتی بقا
زندگیہ ہندہ کاروانچ روہ نی مُدا

زندگی چھے ژھانڈنس ژھنڈنس اندر
اصل ژھنڈنک چھُے کھٹت مُدس اندر

مُدہ سیتی دل بناوُن جباندار
یُتھ نہ مژہ مو چھ چانہ بتہ زاہ مرگُزار

جان یمہ رُتہ کانٛہ تُکسپچھُے مدا
یان تمہ لٔشہ چھُہ نہ کُنی چیزک جُدا

دل مُدا سٕتھبن چھُہ سینن منزٕ ژران
گاشہ تمہ کی اُنہ چھی سینن بنان

مژہ کران وُننک عطا جبرِ دت سُے
عقلہ ہندس موہس کہت خضر سپچھُے

سوزِ مدہ ہک چھُے دلس کرٕژ زندگی
غأرِ حفہ سُند موت تس کرٕژ زندگی

رودٕ تمناہہ رُدُس نلہ دل خوارگود
پیرِ فٹس تے دفنہ نشہ لاچارگود

آرزوٗ یہ سیتی خودی یِتھ زور دار
خود یہ دریاو پٮ۪ٹھ سہ لہراہ بےقرار

مقصدن مُدٕ ہیٚچ کمندر ژٕ ڈٕ ر ٹھانان
دفترن کامِن ہندٕ بن یک جا کران

یَس مُدا چھُ نہ کانہہ سُہ گو زندے مرت
نار نِلہٕ ژِ حبتہ گوٚ ہوان تت ریٖہہ ہرت

ون اوٚچھن واجنٕ یہ اچھ سٕاٗنی چھ کیاہ
سانہٕ وُچھنکِہ لذّتہٕ ہیٚچ اِک صُوٗرتھ ساد

چال دِژ تکلو سٕ زبر یکِن تٕ سٕندی
بُلبلس آواز دِژ نالن تٕ سٕندی

بسِہ ئلہ یُژنے نیستانس نٕبر
گے ممکو ادٕ نغمہ زندانس نٕبر

دت کڈان نۆ نۆ، کھسان اسمان عقل
دنتہ کوہ یُتھ معجزاہ ہاوان عقل
مُدرِ ہستی زندگی آباد زان :
عقل مُدرِکہ شکمہ کُے اولادزان
دنتہ کتھ پاٹھ چھ قوم یک جاگرٹھان
رنگہ رنگہ قونون کتھ پاٹھ بنان
کُس رِواجن ہندکران آغاز دن
کیاہ چھُ نوئ نوئ علم پرنک رازدن
چھُے یہ سورُے کینہہ فقط مُدرِکہ کمال
آدٕ دلہ یِرت کورُن حاصل جمال
اتھہ تہ دندٕ اچھ، مغز کیاہ تے گوش کیاہ
کیاہ تخیُل یاد کیاہ، حِس ہوش کیاہ

زندگیہ ملہٕ دنیہکۍ آزار سٕری
پننہ بچنکۍ تمہ یمے سا مانہ کری

معنہ چھُ نہ علمُک تہ کُسبُک زان بس
چھی نہ پوشی یاآ تہٕ مقصد گُلشنس

زندگی رچھنُک چھ اکھ سامان علم
خودیہ ہندہ دَرِ رُک سبب اکھ زان علم

کیاہ چھ علمیچ جای، کیاہ کُسبُک مقام
یم چھ دوہ نوے زندگی ہندی غوہ لام

زندگی ہندہ رازہ چھکُ بے گانہ ووہ تھ
مقصدک مس نوش کر، مستانہ ووہ تھ

پر برزلہ شُجکی یآ ٹھی پُس مقصدُسہ ژہار
ماسوی اللہ ہس لگی یمہ سیتی نار

مقصداہ اسمانہ کھوتے یتھ تھز ر
مقصداہ یُس جای کرہ دلہ نی اندر

مقصداہ یُس دلبراہ تے نندہ بون
مقصداہ یُس آسہ رُت معشوق چون

مقصداہ یُس باطلس شنیا کری
مقصداہ یُس محشراہ برپا کری

مقصدو ہندہ زبنہ چھ زندہ سپدان اُسی
زُژ چھوان مُدہ یچ تہ چھی پرزلان اُسی

# خودی چھ عشقہ تہ محبتہ سیتی محکم گژھان

نوٗرہ کتہ اکھ نوٗرُک خودی یت ناو چھُے
سانہ مژہ منز زندگی ہنز یتمبر سُے

عشق تت نو کتس چھُ زیادے زُو دوان
آمی دت واراہ پر بز لوشن چھُس کران

جوہرس تمہ کس چھُ پرہ نز لاوان عشق
نی کھٹت تت منزتہ نیز راوان عشق

نالہ موت نارس کران سُے عشقہ سیتی
گاہ جہانس دِین ہیچھان سُے عشقہ سیتی

خوف چھُ نہ عشقس کُنی چیزک ذرا
اصل کُنی سُے آب سنے مرنے ہوا

عشق چھُے آبِ حیات امتس اندر
تیز تلواراہ مگر جنگس اندر

سخت گُنی چھے عشقہ چو نظر و پہان
عشقِ حق آخر چھُ پانے حق نبان

عاشقی ہیچھ دھیان تھو محو بہ سُند
لُژھ سنزا چھ ژھانڈ دل آیوبہٕ سُند

خاکہ موٚ چھ منزٕ کیمیا پأدا ژٕہ کر
کأربلاہ ژھانڈُن برس تس بوسہ کر

پانہ کس ژأنگس دِہ رُومی سُند جلاو
ردمہ کِس شہرس دہ تبریزک الاو (۱)

چھُے ژٕ ہہ معشوقاہ دلس اندر گٕٹٕھت
ہاونے، ہرگاہ ژٕ ہہ اچھ ہیکہ نے وُچھت

چھی تسندی عاشق تہِ پانے مہ جبین
تِم حسینو کھونتہ چھی وارا ہ حسین

---

(۱) تبریز:- سرجای یتہ شمس تبریزی (رومی سُند پیر) زاو

عشقہ تمیٚ سُندہ دل رٹان طاقت زبر
مِژہ گژھان حاصل تیٚ عرشک تھز ر

فیضہ عشقہ کہ نجد گو چالاک جب
آو وجدس منز تہ کھوٚت ادہ آسہ

اسہ چھُ جگرس منز محمدؐ سُند مقام
اسی چھ تمیٚ سندہ نادہ سیتی نیک نام

طُور تمیٚ سندہ گھرہ چہ گردے کھوتہ کم
گھرہ تُسند کعبس کہتن بیت الحرم

تندہ ذفتہ کہ آنہ کھوتے کم ابد
ذاتہ تمیٚ سندہ زیادہ تے محکم ابد

نتیجہ ہُند دُنھرُن دوان آرام تس
ما تحت کسرے تسندس امتس

خلوتھا ڈھونڈن، روٹن غارِ حرا
شب کرن تتھی منز کران یادِ خدا

نُو حکومت، قوم نوٚو، قونون نوٚو
پاٚدہ تمی سندہ ذاتہ ادہ پرتھ چیز گو

گوشہ راٚٹن سندرہ رُستُے اوش ہران
یُتھ حکُومت قوم کرہ آرامہ سان

تیغ تمی سُنز جنگہ وزہ شمشیرِ زبان
تس نمازن منز اچھو کنی اوٚش دسان

مُلہ مونگن فتح کُن دُعا پننس رہ بس
تیغہ تمی سنزہ زورہ کوٚر آیین تس

تیغہ تمی سنزہ ہندسیٚن حاصل گمُا
نسل کوٚر تمہ پادشاہن ہُندفنا (۱)

---

(۱) اِنِ الحُکمُ اِلَّا لِلّٰہِ

کاٹناتس گوشہ نوؤ قونون دتھ
پراٹی ساری قوم گے دفتر دٹھ

دینہ کو نزہ بردینھک مژران آؤ ؛
کاہنہ نہ تس ہیو کاٹناتچہ ماجہ زاؤ

نظرہ تمی سنزہ منز ہیوی ناکس تہ کس
سیتی کھیاوان ژردٹ شہ پنہ نس نوکرس

اک زنانا ہ قومہ کین لیس آس ژطے
قومہ کس سردارہ سنز کوُر آس سے

ژٹ اکس جنگس اندر ئلہ موٗمنو
حضرتن بردہنہ کُن ستہ کر حاضر تمو

بڑہ لاگت پردہ رستے اُس سے
شرمہ سیمتن اوس کلہ بوہ ان تس نوے

پردہ رُستے یام سے نبیئن وُچھن
تس نیچ ژادر نتھس بردہ نہ کُن کرُن

تسہ زنانے ہشس چھ ازسائی مثال
کہنہ تہ چھُ نہ تندہ کھوتہ کم ازسون عال

اسہ چھ تندہ کھوتہ زیادہ از پرکس نہبر
ننگہ چھ اسی گامتہ بین قومن اندر

روز محشر اسہ بچاون وول سُے
دنیہس منز پردہ تھاون وول سُے

مہر تموٗ سُند دوستن کیت رحمتاہ
قہر تموٗ سُند دشمنن کیت رحمتاہ

مکہ نبت حاکم مکس اندر سر ژاوٗ
(۱) دشمنن پیغام لا تثریب آوٗ

(۱) لَا تَثْرِیبَ عَلَیْکُمُ الْیَوْمَ یہ اوس نبی کریم سُند فرمان ییلہ تم فاتح بنت مکہ شریفس اندر ژای حہ ۸ تلہ تہ کبرکا نروادس تمن حدہ روکس افادا تنود مت

کیاہ وطن گو، چھ نہ وطن زانان اَسی
قید وطنکُ کارِنہ تہ چھ نہ مانان اَسی

گاشس ہیوٗن ہیوٗن یود چھ دوٚن چشمن اندر
چھی کُنی اکہ نظرِ ہندی پاٹھی مگر

چھی حجازکی، چینکی ایرانکی اَسی
شبناہ اکہ اَسہ ونے صبحکی اَسی

اسی چھ عاشق تکہ کس تس ساقیس
یُس اچھو پنہ ہنو چھُ اسہ چاوان مس

یُتھ شرابکُ بانہ تے مس پانہ وآنز
ڈُنہس منز زندگی تتھ پاٹھو ساآنز

بیول نسبکہ اتیازکُ گول تمی
نارہ پنہ نی سُورتام اتھ زول تمی

اسہ اکی پوشکہ چھ ہتھ تُلِ، مشک اکُے
سُہ تہ اکُے ستے یمہ نظامک زُوتہ سے

اسہ دلس منز آسی تس سیراہ گھٹ
نتہ سپنو ئلہ نعرہ گو بے خوف دت

میانہ نیہ ہندی نالہ تموسندہ عشقہ سیتی
نغمہ سپنس منز مہ ُوزہ ناوان گیتو

کیاہ وننے تمو سُند محبت کیا لوکران
ہوچھ لگر تندِ سی فراقس منز ودان (۱)

نورہ تمو سندہ گُے چھہ مُسلم بوڈ ظہور
تہنزہ وتہ ہنزہ گردہ منز چھی گیتو طُور

(۱) گوڈہ گوڈہ اوس نہ مسجد نبوی منبر کینہ تہ حضرتؐ آسی اکس کھتس سیتی پشت مبارک دت خو طبہ پران۔ ئیلہ کرد ہہ بنر بنیوُ تہ تمو تت بیٹھ تشریف تھوو۔ مسجدہ منز آی وونیچ آواز، تمو فرموو زہ یہ چھہ تھمبہ کہ وونیچ آواز

جسم میونے پادہ کوڑ آن تسندی
گاشں اذ نم سینکی اختابن تسندی

چھُے الاوس منز دہ ہے آرام میون
توٗت چھُ حشر کہ صُبحہ نشہ تیز شام میون

چھُس چمن تمی سُند، بہارک اذ برسُے
سبز تمی سندہ رودہ دَچھ گُل میون چھُے

اَچھ وَدہم مے لولکس کھاہس اندر
تہٕ کُنے وُچھ وُچھ مہ ادہ لُو نُم ثمر

چھُے مد نیکُ خاک پرتھ کنہ صفتہ جان
تت مُقابلہ چھُ نہ کہنی دہ نوے جہاں

خوشں یوٗن شہراہ مبارک نیک نام
میون دلبر چھُے کرٕت تتھی منز مقام

ہووُنم نوٚوٕ طرز ملاجامؔ یین (۱)

تمی یہ کینژھا لیوٚ کھ دوا چھُم خاین

چھُے تندِ سِند شرِن تند ین شارن اندر

معنہ تے مطلب سۄٹھاہ واراہ سبز

موٚختہ تمی مالن اندر واراہ جڑِن

نیٚ وٕنت تعریف تس آغس کرِن

ہُک کتاب عالم تمیُک دیباچہ سُے

ساری عالم بندہ تمی سندی خواجہ سُے،،

قسمہ قسمکۍ کیف عشقکۍ تس دوان

ناوٕ واراہ عشقکۍ، اکھ تقلید زان (۲)

---

(۱) نورالدین عبدالرحمان ابن احمد جامی گنجوی (سنہ ۱۴۱۴ء — سنہ ۱۴۹۲ء)

(۲) (ا) قُلْ اِنْ کُنْتُمْ تُحِبُّوْنَ اللّٰہَ فَاتَّبِعُوْنِیْ

(ب) مَآ اٰتٰکُمُ الرَّسُوْلُ فَخُذُوْہُ وَمَا نَھٰکُمْ عَنْہُ فَانْتَھُوْا

بایزیدن ہوٗ تقلیدُک کمال
کھبوٗ دنہ تمی خربُزکرن قائم مثال (۱)

عاشقا! وۄ تھ یارہ سند تقلید کر
یُتھ خُدا انہن رٹت کمدے اندر

رٹ ژہ کھنہ کالادلکُ غارِ حرا
پانَ مشرآوت حقس کُن ژل ذرا

حقہ سپد محکم، یہ بیہ پانس اندر
ہوس کس لاتس عزا ہس کلہ فتر (۲)

قوونہ عشقکہ سیتی اک لشکر بناوٗ
لولہ فارانس ژہ کمس تے جلوہ ہاوٗ

---

(۱) حضرت بایزید بسطامی۔ اصلی ناو طیفور بن عیسی دفات سنہ ۲۶۱ھ + تموکھبوٗ دنہ زندگی منز زہی خربزتہ کیازہ تمن اوس نہ معلوم زہ حضرت محمدؐ ن کہ طریقہ کھیوٗ ویہ پھل

(۲) مومنوٗ ن زتول چھا النّھایۃ الرّجوعُ الی البدایۃ

یُتھ دِئ انعام ژٕ سے کعبکُ خدا
سپد کھ اِنّی جاعِلٌ آیکُ مُدا (۱)

## منگنہ سیتی چھ خودی کمزور گژھان

چھکُھ ژٕ سُے یمہٕ ہیوت سٕہن تامت خراج
حاجتو پژھ لاٗوی سُند کوژ ہے مزاج

چھے ژٕ یمہٕ ناداری تو کنہٕ خوار گو کھ
مفلسی ہندہ سببہ یژ بیمار گو کھ

چھے تھزن فکرن مٹاوان مفلسی
رُتہِ خیالکُ ژونگ ژھوان مُفلسی

---

(۱) اِنِّیْ جَاعِلٌ فِی الْاَرْضِ خَلِیْفَۃً۔

(البقرۃ - ۳۰)

زندگی ہندہ کھُمبہ منزہ کرمس بہم
ٹُوہ وقتہ کہ اندرہ کڈ پنہ نی رقم

وُونٹہ بیٹھ وس عُمرہ سندی پاٹھبس تھپر (۱)
عاؔرہ سنزہ پربتھ منتہ نشہ پرہیز کر

جایہ تھزہ باپت بچھکھ ووذ گُوت کال
شرُبنکھ لوربن کھسکھ ووذ کوت کال

آسمانن پیٹھ نظریت فطرتس
تت کران چھُے عاؔرہ سُند احسان پس

چھُے منگُن بدنام افلاسس کران
بیچھنہ سیتہ بچھ وذن بیٹھاہ مفلس گرعان

---

(۱) حضرت عمرؓ فاروقن ہیواتھ منزہ کچھ دست، وونٹہ پیٹھ دتھو پانے بوٗن کچھ تلنہ خاطرہ، بیہ دتکھ نہ کانہہ تلنہ زہ منت ماکھسہ۔
ناؔز

منگلنہ سیتی خودیہ چھلہ چھانگر گڑھان
نورہ سُس کُل خودیہ ہندہ طورک بنان

موچھکر ہرگز پئنُ موڑھ کھنڈ ژہ خاک
زونہ ہندی پاٹمی پان جیرتھ کڈ خوراک

چھے ژبہہ یود تنگی تہ چھکُ مفلس گوٗت
چھکُ ژہ دوہ کھ سہلا بہ چے وتہ منز پیوت

غارہ سندہ گھرہ زاہ پئنُ ریزق مہ ژھانڈ
آبہ گرای موآفتابہ کہ ناگہ ژھانڈ

نتہ خجالت پیش پیغمبرؐ گژھی
روز محشر ئلہ بنت جانس نئی

زونہ کھپن واتان اختابکُ چھُ بس
چھے توسے ہیھ داغ احسانکُ دس

زور حقس منگ آسمانس زور ہاو
دینِ اسلامچ مہ عزت راو راوٕ

کعبہ منز ہمیٚ ناوٕ پوٚ تلبن ہُند مٹھوٚ
تمی حبیب اللہ مزدرس ناوٕ تھوٚ (۱)

سُے چھُ گمراہ یُس بیٚن ہُند کھبن کھوان
غارہ سندِ احسانہ کلہ بوٚن کُن ژھنان

غارہ سنٛزِ احسانہ ترٛیٚتہ تمی زول پان
گوٚ کھوٚڈٕس پینٔس پنٛن غارت کنان

جان سُے یُس تریشہ ہوٚت تاپس اندر
منگِہ نہ خضرس آبہ پیالاہ زاہ مگر

پان تمی منگہ وٚژن ہٹ نو مندہ چھوٚ
رود آدم شکلہ' ربہ تھپ نو بینو وٚ

---

(۱) اَلْکَاسِبُ حَبِیْبُ اللہ (حدیث)

آسمانُس تل سُہ بڑہ پایُگ جوان
سرِیہ کُل زن کلہ سُہ تھوڈ تھاآدتھہ لپکان

تس چھا تھو خاآلی مگر خوددار یشر
بخت چھُس شونگست تہ سُے بیدار یشر

سودرکشکولکُ چھُ سہلاب آتشکُ
شبنمی جان آسہ تبلہ پنہ نی آتھکُ

آبہ ببُربُک غارتاہ مردانہ ہاوٗ ؎
پان سودرس منز تہ وُلٹاوِت ژہ تھاوٗ

# ژٕلہ خودی چھ عشقہ تہ محبتہ سیتی محکم گژھان آسہٕ چھ

# عالمہ کہ نظامہ کین ظاہری تہ باطنی

# طاقتن قو بو کران

ژٕلہ خودی چھے عشقہ سیتی محکم گژھان
عالمک عاکم تسند قووت بنان

آسمانن پانس یمی تارک جبرٕ ن
تمہ چہ لنجہ ہندی پوشہ ٹوری یکجا کرٕن

ہنجہ تمی سُند ینجہ حقہ سُند چھے بنان
زونہ اڈ تمی سُند اشارہ اک کران (۱)

---

(۱) اِقْتَرَبَتِ السَّاعَةُ وَانْشَقَّ الْقَمَرُ (القمر-۱)

تُمے جہانگیر بنای سآری سطے کران
جم تہٕ دارا تمی سندی نوکر بنان

دوہ لہ ونے ژٕے بوعلی سنز اکھ کتھاہ
ناوٕ تس ہندوستانس منز سبٹھاہ (۱)

یت زمینس، اصلہ کنی یس آتش نار
لونچہ ہندی ہوٕ ہن تسندی ہوٕ دن بہار

بازرس کُن گو مرید اہ تمی سندے
بوعلی سندہ مستہ سٹھاہ مس اوس سُے

شہرُکُ حاکم آو تمہ وتہٕ گُری سوار
سیتۍ اوس تس نوکراہ تے چوبدار

وون مُریدس نوکرن اسے بے خبر
اسی چھہ سائس حاکمس وتھ بندہ کر

(۱) شیخ شرف الدین بوعلی قلندر پانی پتی (۶۰۵ھ - ۷۲۴ھ)

گو مگر درویش کلہ ترآوت پکان
ڈُنگہ سودرس پنہ نسی اندر دوان

چو بدار اوس پنہ کبر کہ پیالہ مس
ٹُور فرٹ آون مُریدس پیٹھ کلس

وتھ فقیرن ترآویٹر اوزر دہ گوو ؛
دل فُٹُس، ناخوش سپن افسردہ گوو

دوت پیرس نش تہ کوز فریاد تمی
اوش اچھو ہندہ قاعدہ کوز آزاد تمی

بُوز بوعلیؔن یتھے تمی سُند کلام
پاٗدہ گو تس نار ترٹہ ہندی پاٹھی تام

نارہ ترٹھ ہیوہ یس دوان بالن الاوٗ
نارہ سہلا بہ تسندہ گفتارہ دراوٗ

زُوچہ رگہ منزہ ناربیاکھی دراؤ تس
جلد وبت تمی حکم پننہ نس کأبتس

تُل قلم ہاکأتبا! ترکھہ سان لیکھ
(١) پادشاہس میون اک فرمان لیکھ

نوکرن چاأنی نوی میأنس نوکرس
نارہ تبنگل ترأوی تمی پننہ نس زُوس

یاژہ سُے بدذات حاکم جل رٹُن
نتہ پییم بیہ کأنہ چوُنے ملُک دبُن

بوٗعلی سُند نامہ شاہن یام پوٗر
لرزہ پانس تمی سندس تمی پادہ کور

---

(١) بادشاہ اوس علاءالدین خلجی (١٢٩٦ء سٕ ١٣١٦ء) یمی سنز حکومت
آس پشاور وپیٹھ مدوراتام نہ آسام پیٹھ پشاور تام

پیوس غم وارا ہ تہ تمو ویسہ روٗدُے
لوسہ وڈن اختاب زن لیدر یوٗدُے

بیڑہ پانے ترا ونا وہ ہن حاکمس
معاف کرہ درویش کھتہ ، پیہ فکر تس

اوس خُسرو شاعرا ہ شیرین زبان
پاٗدہ کرٕ ی تمی سٕندی ضمیرن نغمہ جان (۱)

زو نہ گا شکو پاٗ ٹھی تس روشن ضمیر
پادشاہن پننہ کنہ سوٗزن سفیر

ودت بو علیس نش سُے بے در رنگ
سوزہ ہوت تس برونٹھہ کنہ تمی وودی چنگ

شیشہ جانگ نالہ اکہ وگہ لوونس
معاف پاٗدہ تقصیر کرنو ڈن شہس

---

(۱) امیر خسرو ۱۳۲۵ء ۔ وفات)

شوکتاہ یُس پوختہ زن کھساراوس
موٗل تمبک اک سوزہ ہوٗت گُفتاراوس

دل مہ درد یشن ہندے فُرٹراوٗ زاہ
پان نارس منز پنُن موتراوٗ زاہ

# خودی مٹاونک مُتلب چھ محکوم قوموایجاد کورمُت یتھ زن

# حاکم قوم من ہندی اخلاق کمزور گژھن

بُوٗز تھاہ زاہ پرانہ وقتچ اک کتھاہ
نیرِ کاکس نیرس اندرآسی واریاہ

گاسہ کھیے کھے نسل برٹر راوان آسی
دشمنن ہندہ خوفہ نشہ بے زان آسی

آؤ تقدیرے تمن آخر زوال
اک بلا یاہ آیہ تمہ اوننک وہ بال

درّای ونہ آکہ اندر رہ سہہ وارا ہ نبرٔ
حملہ نیرس پیٹھ کورکُ رو تلہ زبر

یَس چھُ طاقت سُے پُتُس حاکم بنان
جذب کمزورن چھُ پانس منز کران

سأم تمہ نیرچ شہنشاہی سہو
تیمور اوس آزاد وہ نہ محکوم گو

کار شیرن ہند چھ بس ژھانڈُن تسکار
تیرِ درتہ گوہ بنُور سوُرُے لالہ زار

عقل مند زیرک بُڈاہ اک تیور اوس
تجربہ ہندریک تیٹھ تُس پُورا اوس

پننہ قومہ کہ حالہ دل تس چاک چاک
تس سہن ہندہ ستمہ سینس آی شراک

گراوہ تقدیرس کرِن تمی واریاہ
کأم تدبیرچ کرُن محکم سیٹھاہ

پننہ بچھنہ فکرہ منز چھے نو توان ؛
کأم واراہ کأری گر عقلے ہیوان ؛

خوف ضررُک ئلہ چھ محکومس اژان
تیز تس قوت چھُ تدبیرک گژھان

زیادہ ئلہ تس پأدہ سپدان انتقام
عقلہ سیتھیں فتنہ وُزہ نادان غو لام

ییوریہ مشکل، بتور گوپانس ونن ؛
آُنتھ چھُ نہ سانین دوکھن دادین غمن

بتور طاقت ہاوہ کیاہ آخر سہس
چانده ہنزه اسه نزره ته آتھہ شتر چھ تس

یوژ ڈرک تیر سس نصیحت واریاه
رامہ ہوٗنس ہیوٗ تسند خوٗہی بنہ نه زاه

بتور ہیو بنه ششیر زر، ممکٗن چھ کتھ
مشرِ ہسہ پانچ خبرِ ممکٗن چھ کتھ

آؤ تس الہام پیغمبرس پین
وعظ تمہ خوٗنی سہن منز ہیوت پرٗن

گوونان اے قومِ کَذّٰابٌ اَشِرْ
کیازہ مشرت یَوْمِ نَحْسٍ مُسْتَمِرْ (١)

---

(١) گوڈنیک مصرہ۔ بَلْ هُوَ كَذَّابٌ أَشِرٌ (القمر - ٢٥)
دوٗیم مصرہ۔ إِنَّا أَرْسَلْنَا عَلَيْهِمْ رِيحًا صَرْصَرًا فِي يَوْمِ نَحْسٍ مُسْتَمِرٍّ (القمر - ١٩)

زور رُوحانی مہ دِتمُت چھم رِوٕ بن
سُوزنس مُرسل بناوِتھ پیٹھ سہن

آس بو بے نُورا چھن کہت نور ہیتھ
آس ژے کُن مذہبُک دستُور ہیتھ

اَزی کہ پت گو نہ ہوشن کرتو بہ بس
چھے ژٕ بہہ کل گاشُج، نفاوِ ذٕ تھوزٕ نتس

یُس چھُ زور آور سِٹھاہ بدبخت سُے
زندہ سُے یُس پانٕ مُشراوان چھُے

نیک رُوح سُے یُس کھیوان گاسُک غذا
ماز کھبون یُس تراوہ تس راضی خدا

تیز دِندی چھی ژٕ بہہ بیژر سوا کران
فکرہ ہنزہ اچھ تمہ چھُنا بینا کران

تتہ چھُ کمزورن کُتے جنت فقط
گاٹکُ اک سامانہ ییتہِ تہ وت فقط

دبدبس بجرس اندر چھُے شر سیٹھاہ
مالہ زرہ نِشہ مفلسی بہتر سیٹھاہ

نارہ ترِٹہ کھوژان چھُہ نہ کانہہ دانہ زاہ
کھل اگر بنہِ دانہ چھُے بیقل سیٹھاہ

عقل یوُژ چھَے ذرہ بن صحرا مہ بن
یُتھ کر کھ حاصل زُژن اختابچن

چھُے نہ تیرہ بن مارنس منز کانہہ بجر
مارِنہ سُے پان، کر حاصل تھزر

جبر، سختی، انتقام تہ اقتدار
چھُے بناوان زندگیہ ناپائدار ؛

چھے دژ مُن لتہ مو نجہ سپد تھ بیہ کھسان
بیہ چُھ موتہ چہ نندرہ ہیٹھ پانے دوہ تھان

پان سُتراوُن اگر فرزانہ چھکھ
پان اگر مشرکھ نہ تبلہ دیوانہ چھکھ

اچھ وٹیتھ، کن بند کرتھ، تھو وُٹھ ترپتھ
فکر سُتیتھ ہیکہ چاآذ اسمانن کھسِتھ ؛

کہنہ تہ چھُ نہ سمار کس نیر بس اندر
ہول نادانا! ژرہ وہمس پت مہ زر

خستہ کری متی آسی سہہ تیر محنتن
وہ ذی یتھ ہان آرام او سکھ تن تہ من

لیج نصیحت نندرہ واجنیہ رژ تمن
تیری سُندی رامی جاآدی دل وذل بقلین

یم کران آسہ رات دوہ تیرہ ن شکار
کورتمو وہ ذِ تیرِ مذہب اختیار

دل سہن ہُند وارہ وارے نیرِ وڈل
کترہ منز تبدیل سپہ کھ موختہ پھوٗل

ہوٗ آخر نیرِ تے گاستن اثر
روزنہ تیزی تمن ذندن اندر

یم چھکان آسہ تمبرِہ گوڈہ پنہ ہنواچھ
وہ ذِ تمن ہنڈ رتہ ہیبت دُرگو

سینہ منزہ گودل تُہند یک سرفنا
آنہ منزہ گوکھ آنہ گُے جوہر فنا

ترأو پرہتھ کانہہ وہ ذِ تمو کوشش کرِ
مُنٹھ تمن وہ ذِ عملہ ہنز خاہش کرِ

نے تمن طاقت نہ استقلال رُود
اعتبار، عزّت تہ سنے اقبال رود

شستر کی تم پنجہ وہ ذبے زورگے
مہ ردہ دل سپدیہ ستے درگورگے

بیم ژاکھ بُلہ، گو تہُند طاقت فنا
خوف جانن کرؔ تہنز ہمت فنا

رُڈ بیمار ہو یام بے ہمت سپنز
تنگ دس سبے دل تہ بد فطرت سپنز

زور در سہہ تیری سند ہرای جاآدی سوؤ
ناؤتمراتھ تنز لُس تہذیب تھوؤ

# افلاطونی فلسفن تہٕ مسلمان قومن ہندِس تصوفس تہٕ ادبس

# پیٹھ بوڈ اثر تہٕ تمہٕ ترپٕکٕ تیٚری طریقس پیٹھ

# تمن پزہٕ تمی سندیو خیالو نشہٕ پرہیز کرن

پرانہٕ کالُک راہِب افلاطون حکیم
اوسس تیٚرین منزٕ سُہ اکھ توراہ قدیم (۱)

عقلہٕ ہنزِ گُتہ اندرہ وتہٕ راوِس گرُس
ڈُول وجوُدُک کوہ وُچھت پڈرُسے تمس

تمی خیالہٕ کہٕ دُنیہُک کُھوو تُتھہ فریب
تس اتھن چشمن کُنن ہندرو وُنیب

---

(۱) حکیم افلاطون یونانی (۴۲۷ سنہ - ۳۴۷ سنہ م ب)

گودنان چھے زندگی مرنس اندر
گاشش ژ آنگس چھُے تندس ژھونس اندر

سُے خیالن پیٹھ چھُ سا بنن حکم ران
مس تُسند ساوان دُنیا اتھ ہیوان

چھُے سُہ منز آدمی لباسس تیتھ زُ زن
جان تے زُ و حکم تمی سُند صُوفین

آسانس عقلہ سیتھ مینان گو
دُنیہس افسانہ اک زانان گو

کار تمی سُند بس تھوُن دنیا وُٹھ
زندگیہ ہُند سردہ کُل تراوُن ژُٹھ

فکر تمی سُنزہ سخت گاٹُس شوُددون
عقلہ تمی سُنزہ بودسی نا بردون

خوفتہ فطرت تس تہ خواباہ ہوُ تمو

ہوشہ چھ چشمو سراباہ ہوُ تمو

اوس نہ تس عملہ ہندکا نہہ شوق زاہ

نیستی ہند اوس سُے عاشق سپُداہ

چھُے یہ کہنہ موجود تتھ مُنکر شہ گود

مسلہ اعیانک، کرتھ تمی یادہ تھوٗو (۱)

زندہ دل ژھانڈان امکانک جہاں

مود ردہ دلہ نی عالم اعیانٔ جان

چھے نہ رودمس تمی سندس ٹکنچ خبر

نے چھ کلوس تمی سندس پکنچ خبر

---

(۱) مسلہ اعیان :- یہ دنیا یُس آ نظرہ چھُ یوان۔ یہ چھُ محض وہم تہ خیال، محض اکھ ژھای تمہ وجود نچ یُس موجود چھُ

چھُہ نہ رنگُ طاقت تسندس شبنمس
سینہ دمہ رُس تمی سندس جانا درس

دوہ پدنگُ چھُہ نہ شوق کہنہ دانس تندِس
چھوہ چھہ رنج چھُہ نہ زان پرانس تندس
چارہ رُس اوس ترک گوُ دُنیا کرتھ
ہیوک نہ تمی ہمہ عالمکُ غوغا زرِتھ

دل ینُن ژھیتہ گامتس تنگلس دبتُن
یمی کھمژ آرفن چھُسے دُنیا تھرُن
آلہ دراوُ اسمان گوُ دوُفہ ودن کھسِتھ
ہیوک نہ بیہ آس اندر والیس وسِتھ

دھیان رودُمت چھُس کھُمبس نہ کس اندر
سِیریا مل چھا کھُمبکُ چھُس بے خبر

تمی سندی علمہ کہ شرابہ کہ زہرہ سیتو
وارہ شونگ تے بے عمل گے قوم کرتو

# اصل شاعری کتھ چھ وَنان تہ اسلامی ادب کیاہ گو

داغ مُدہک گرم آدمورت تھوان
ژانگہ مُدہکہ سیتی مژہ آتش بنان
زندگی مضمون تسخیرک ژرہ زان
جادہ مُدہکہ زیر چھے پرتھ کہنہ گژھان
آرزوہی زالاہ، شکار باہ زندگی
عشق حُسنس چھے دنان شیچھ مُدہی
اُسی کران گوہ کُنی چھ تمنا دمبدم
زندگیہ امہ کُے چھُ نالن زیر و بم

چھُے یہ کنیتژھا خوش شکل تے رُت تہ جان
آیہ اسی صحراوہ طلبہ کرِتی ییژھ سان

نقش تمہ کُے چھُے دلس محکم بہان
منز دلس ییژ آرزو ی پاد اکران

حُسنہ سیتی آرزو یہ ہُند سونت زاوٗ
جلوہ تمہ کُے آرزو یہ پالان آوٗ

جلوہ حُسنکی سینہ شاعرہ سُند دان
طورہ تمی سندہ اندرہ نُور حُسنکُ اوتھان

نظرِہ تمی سنزہ سیتی جانپر زیادہ جان
جادہ تمندہ نظرت چھ اَثر زیادے لگان

تمی سندی دمہ نالہ دِلی ہیچھ بُلبُلن
روہ رخ ووہ زلی ووہ زجارہ تمی سندی گُلن

سوز تمی سُندے چھُہ پروانن اندر
رنگ تُسُندے عشقہ افسانن اندر

ہوٗکھا وُدُر دُنیاتہ رتی رتی نوی جہان
مژہ تہ آبس تمی سُندس اندر لبان

پوشس یمہ کھسنے تِمے چھاوان سُے
بوزنے یمہ بکتھہ تمے باوان سُے

فکر تمی سُنز تھزتہ اسمانن کھستھ
زونہ منز تتے تارکن اندر لُستھ

سُے کران پرتھ چیزہ منزہ آپدار ژر
پان تمی سُند چھُے بدی نشہ بے خبر

خضر سُے ظلماتہ ہیتھ آب حیات
زندہ تندہ اشہ وانہ ہیتین کائنات

اُسی چھِ لوتی، اسہ منز چھِ خأمی سادگی
منزلس کُن گے مگر رودی اسی وتی

سوزہ ہوئت چھی نالہ تہندس بُلبُلس
چھُے یتھے پأٹھن ولان سانس دِلس

سو رگ یُتھ بنہ وارہ سأنی زندگی
پُورہ یُتھ کرہ آرہ سأنی زندگی

تمی سندی ردہ نہِ شرو نہ چھِ یکہ وُذ کاروان
تمی ہکان نہ لہ نے تسنز آلو دوان

وأو صبحک نہ لہ تسند لوٗت لوٗت یوان
سانہ باغکی لالہ تے گُل چھی پھولان ؛

جادہ تمی سندہ تھزِ چھِ پیدان زندگی
پان تولان، صبر ہاران زندگی ؛

عالمکہ باپت چھُ دستر خوان تُہُنٛد
نار ہوٚکھ پأٹھۍ یژ ارزان تُہُنٛد

حیف تتھ قومس اجل ییتھ چھُے ولان
زندگی نِشہ شاعریہ قومُک ژٕلان

آنہ تمی سُنٛد شکلہ بد شکلی کران
مانٛجھ تمی سُنٛد ٹوٚپھ سۭتھاہ جگرس دِوان

بوسہ تمی سُنٛدے چھُ ہوٚکھراوان گُلس
شوق وُفنُک چھُے نہ تھاوان بُلبُلس

شُس ژٕہہ چھےٚ آٔنتسنز تانن کران
زندگی موٗل پننہ مضمونُک ہیوان

اتھ چھُ حسنُک ذوق سُے سرکس ہیوان
سر دبیوک تمی سُنٛد گوٗیآزس کران

گاڑ آسِتھ سینہ ہیور آدم شُر چھُے
صفتن اندر سود رٕچھن پرٕین ہُیُے ق (١)

سوزہ پننہ کہ جادِ وٕ تٕلہ ہٲنز سِس ولان
ناد تمی سٕنز زادہ چھ سنٕزن منز فٕشان

نغمہ تمی سٕندی دِس مار ان چھی
موت زِد نِتھ جادہ تمی سٕندہ زندگی

چھُے زٕ ہہ مشہ راوان ہستی ہند خیال
چھُے کٕڈان سُے کارِ چانی اندرہ لال

جامہ نو قضانکُ چھُ تٕلہ نفس ولان
بدچھُ تمہ سٕنتھ بن شُر پرٕنتھ ڈزرِس کمان

---

(١) یہ کتھ چھ مشہور زِ سمندرس منز چھ جل پری یہ رودان، یمی بوٚنم دٕرڈ گاڑہ ہند تہ ہیرم دِڑ انسانہ شُند چھُ۔ یہندی نغمہ چھ جہاز رانن مس کرٕتھ دِتھ لادراوان تہ سمندرس منز غرق کران۔ ناز

سوچہ کس سوندرس اندر روالان چُھے
دُور وا راہ عملہ زشہ تھاوان چُھے
کتھ تس نز یر خستہ چھے خستن کران
خستہ وار سے پیالہ تندہ مجلس گژھان
چھے نہ سو تس تمی سندس رُدہ دُزلُن
دھوکہ مشکُک تے رنگُک تمی سُند چمن
چُھے نہ حُسنس تمی سندس منز کانہہ پزر
موختہ خامی تمی سندس سودرس اندر
رُتہ ہُشاری نشہ شونگُن زانان چُھے
سون آتش ہنہ پھو کہ ژھجور ران چُھے
زہرہ ہُژ آواز تندس بُلبُلس
پوشہ امبرس تل صرف پوشیدہ تس

کھوژُ کھُمبس، کھوژُ شیشس تمی سندس
کھوژُ پیالس تے شرابس تمی سندس

ہا مستن تمی سندی ژٕہ چھُکھ پوٗز مُت تہر
چھُے پھولان تنٛدٕ پیالہٕ کی مشر تہٕ سحر

چون دل تنٛدٕ نغمہٕ سیتھین سرد گو
زہر قاتل چھُتھ کھیو مُت پننہٕ ہنو کنو

چھُکھ گرژ ھان تل تل، وٕنان انداز چون
کم چھُہ سوزس منز گومُت یژٕ ساز چون

خوار تیتھ سُپُد کھژٕ ژٕ دِتھ بدنس ارام
چھاٛنٛزِ وو ہٕ ژٕ نی بیتہٕ چھُے مسلمانی تہٕ پام

پوشہٕ رگہٕ سیتھین شہہ وو ہٕ ژٕ میکنے گنٛڈتھ
واوہٕ صُبحکہ سیتی پھکھ چھو کہ لدگرٕ ھتھ

عشق رُسوا چاۓ ز فریادن کوٗرُن
بدشکل ژیٖ چاۓ ز بہزادن کوٗرُن (۱)

چانہ دادی زرد گے رو خسار تس
چانہ مردیہ سیتر ژھبتہ گونار تس

خستہ گومت چھکھ توٗ سُہ تہ خستہ جان
نوتوان ژہ تہ چھکھ توٗ سُہ تہ نوتوان

پُرچھ شُری اشہ دانہ ستھین بانہ تس
وۄشہ غمکہ سرمایہ تمی سندس گھرس

خوٗشہ سُہ میخانن اندر بیچھ بیچھ گژھان
ژورہ دار بوٗگنہ گھرن اندر رُوچھان ؛

(۱) بہزاد :- (سنہ ۱۲۵۰ء - سنہ ۱۵۲۰ء لگ بگ) یہ اوس ہراتُک (ایران) روزن وول اکھ مشہور مصور تہ نقاش

ناخوشاہ، غمگین تے اوزردہ سُے
کوٚر لتو سیتیٚ ڈڈیٚری وانن موٚردہ سُے

چھُے غموٚژو ڈُٹمت، گوٚمت نے زن تباہ
تس وُٹھن ہیٹھ گراوٚ اسمانٚچ سٹھاہ

تس خوشامد جوہر آئینک بنان
نونوآنی سیتیٚ چھے تس پرٚاز زان

چھُے سُرشیٚر کمزور، تمی سند بخت پس
نے وُدہ میداہ، نے مُدرا نالائقس

نالہ تندہ سرمایہ راوُر سنے زُوَن
نندرہ ہُندمزہ نیوٚن ہمسائس اچھن

حیف عشقس روٚدٕ ییتھ نازُک تُرر
حرمہ زاد تے موٚد بُت خانس اندرر

یوڈژہ بہ بُٹوس منزلا مک یانہ چُھے
زندگی ہنزہ کہ وچے کھائن ژہ سُے

علمہ ہنز رہبر ژہ وُچہ وُذ فکر زان
وُزملن یتُھ برونٹھ گگراین گرشھان

فکر لازم نیک چھے ادبس اندر
دُچھ ژہ بت، سے کتھ لیکھ عربس اندر

عشق ژی سلمآیہ عربہ چہ سیتر کر (١)
نیرہ گرُدُ کیہ شاہہ یتُھ عربکُ سحر

---

(١) گوڈنیک مصرہ بہ سلمآ چھ عربی ادبس اندر معشوقہ سُند فرضی ناؤ دوئم مصرہ :۔ اشارہ چُھ یتھ متوسلس کُن :۔ اَمسَیتُ کُرُدِ یَا وَاُصبحتُ عَمَرَ بیا ۔ یعنی رات تام اُدسس بوکر دستانمُ (ایانکُ اک صوبہ) نملہ سونتھ بھولُ بوہ بینوسس عربکُ باشندہ۔ روایت چھ ذہ کردستانگ اکھ جاہلن پیٹھ کینژن طالب علمن پیٹھ
رُچھ نادی تو تو بہ تصوفکو اسرار ۔ تموہ ونس مخول کران زہ۔ ژہ تراوُ ہنن یان ساری رأتس وُلتہ الوند تہ یم حرف کرو ورد

باغہ عجمکہ پوش ژاڑ تھ بے شمار
چھوؤتھن ہندکُ تہ ایرانکُ بہار

ژال ووہ ژکہنہ کال صحراؤک تیشر
نوش ووہ ژمس پر دن خضرن ہندژہ کر

تمہ چہ تشرہ کو چھ منزژہ کلہ کہنہ کال تراؤ
ژوت ہواتنہ پننہ ساتھاہ واتناؤ

پاس بدلاؤ تھ ژہ یہ یثرِ ریشمہ اندر
سخت موہ ٹہ کیپرک تہ ووہ ژعادت ژہ کر

وأنہ واراہ گے ژہ یہ پوشن پیٹھ پکان
آکھ پوشک پاٹھی شبنمہ ہُتھ چھلان

تمہ کو رتی، خدا یس آؤ تستہ خلوص پسند تہ سُہ بنیوہ عاژت۔
آسمی پیٹھ وژن تمہ زیہ بوادُسُس رات تامت گُردُگ روزن دول
مگر خدایہ سنزہ مہربانی سیتی بنیوس یودوہیمہ دہہ مُنجمس عرکُ بلشندہ
نار

وۄ زۄدہ پانس زالہٕ وٕنہٕ سکہٕ ہُند تٕژر
وسن ژٕ ناگس آب زمزم کرس اندر

باکہٕ بُلبُلہٕ سنٕزٕ ژھٕنکھ وۄ زکوتکال
گلشنن اندرئ بہیکھ وۄ زکوتکال

رازٕ ہونٕز زانان چھُہ برکت زال چون
یٚیر باسس پیٹھ ژٕ اولاہ نندٕ بون

دوزٕ یتھ آٚس اندر گگرایی ترٹ
پأزٕ سندٕ نٕشہٕ تھٕز چھٕ پیس جای رٹ

پانٕ یتھ ژےٚ زندگیہ لائق بنی
زندگیہ ہندٕ نارٕ تن ستےٚ من دزی

# خودی ہنرہ تربیتیر باپت چھ تربہہ مرحلہ ضروری

## ۱۔ اطاعت، (۲) ضبط نفس، (۳) نیابت الٰہیہ

## (۱) اطاعت ①

وونٹ محنتہ وول خدمت گار چھُے
صبر استقلال تمی سند کار چھُے
پیٹھ دتن تمی سند قدم نوت نوت پیوان
کاروان تس ناو صحرا درج ونان

---

① اَلَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَهَاجَرُوْا وَجَاهَدُوْا فِیْ سَبِیْلِ اللّٰهِ بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ اَعْظَمُ دَرَجَةً عِنْدَ اللّٰهِ ط وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْفَآئِزُوْنَ
(التوبہ ـ ۲۰)

کھورتسندی پرٕ بتھ جایہ صحراون ہیوٗان
کم کھیوان تے کم شوٗنگان محنت کران

بارہ ہیتھ محمل سُہ مستانہ پکان
منزلس کُن کھورٕ نینی نشرٕ ژلان

کأر تھزٕ تمی سنزٕ تس پکنُک خُمار
یانہٕ صأبر زیادہ، کم صابر سوار
فرض ژہہ تہ چھی واریاہ ژہ تہ تُل سُربا
(۱) عِنۡدَهٗ حُسۡنُ الۡمَاٰبِ معنہٕ ژار

ترأو غفلت تھو اطاعت کاروبار
جبرہ اندرے یأدہ سپدان اختیار (۲)

---

(۱) زُیِّنَ لِلنَّاسِ حُبُّ الشَّهَوٰتِ مِنَ النِّسَآءِ وَالۡبَنِيۡنَ وَالۡقَنَاطِيۡرِ الۡمُقَنۡطَرَةِ مِنَ الذَّهَبِ وَالۡفِضَّةِ وَالۡخَيۡلِ الۡمُسَوَّمَةِ وَالۡاَنۡعَامِ وَالۡحَرۡثِ ؕ ذٰلِكَ مَتَاعُ الۡحَيٰوةِ الدُّنۡيَا ۚ وَاللّٰهُ عِنۡدَهٗ حُسۡنُ الۡمَاٰبِ (آل عمران ۱۴)
(۲) وَاَطِيۡعُوا اللّٰهَ وَالرَّسُوۡلَ (آل عمران - ۳۲)
وَاَطِيۡعُوا الرَّسُوۡلَ لَعَلَّكُمۡ تُرۡحَمُوۡنَ (النور - ۵۶)

چھُے اطاعتہ سیتی ناکس کس بنان
سُورنارس سرکشی پنہ نی کران

زون تارک چھی کران تسخیر یم
بیٖرہ قونونچہ چھ تراوان نا لی تم

قاٗدہ پوشکہ مشک رت ہوس بنان
قاٗدہ سیتی نافہ چھُے مُشکس بنان

منز رس کن چھُے قدم تارک تُلان
پاٗروی شرتہ رُود قونونس کران

بہٕ ونہ کس دنیس مطابق کھوٗت ذرٕ من
تہٕ ہیتو مول، ترک دین یا مت کوٗرن

یرہ تھ وزے دستوٗر گُل لالک دزُن
تس زگن اندر توے خونک گربزُن

دِینہ وصلہ کہ قطرہ چھی دریا بنان

دینہ وصلہ کہ ذرہ چھی صحرا بنان

قائم اکہ دستورہ پر تتھ کانہہ چیز زان

چھُکھ ژہ کوہ امہ چیزہ نشہ غفلت کران

پرون رٹ دستور، موآزادین

چاندہ ہنزہ تمہ بڑہ ژھن پنہٕ ہن کھورن

سخت دستورچ شکایت زاہ مہ کر

مصطفٰےؐ سند بوعدو ما گژھہ ہنبر

## ۲ - ضبط نفس (۱)

نفس چھُنے وونٹ زن پالان پان

سرکشی کری کری پنُنو پوز اکران ؛

---

(۱) لَقَدْ مَنَّ اللّٰهُ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ إِذْ بَعَثَ فِيْهِمْ رَسُوْلًا مِّنْ أَنْفُسِهِمْ يَتْلُوْ عَلَيْهِمْ اٰيٰتِهٖ وَيُزَكِّيْهِمْ وَيُعَلِّمُهُمُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ (آل عمران - ۱۶۴)

مردبن لاکم تسنز تو بوژہ کرۃ
کتر یوڈ آسکھ، بنکھ موختاہ زبر

یُس نہ پانس ہیٹھ بنت ہیکہ حکُم ران
غیرہ سندہ حکمک چُھ سے نوکر بنان

پان چُھے مرژہ ہند ہنومت قوہ درتن
سیتی لوس پچھے ژ بہ خوفچ آدڑن

عُقبہک کہنہ خوف تے کہنہ دُنیہک
کہنہ دوہ کھن ہند بیم کہنہ پنہ نی زوُک

پننہ وطنک لول دیارن ہُندتہ لول
چُھے زنانن، رشتہ دارن ہندتہ لول

مژہ تہ آیچ پچھے ژ بہ پانس آدڑن
آدڑن بیژھ پچھے فقط پالان تن

یِچھے یہ رٔلہ دٔن بے حیائی ہنز تِکار
یِچھے یہ پچھہ ناوان بدی ہُند کاروبار

لا الٰہ ہیچ نور پانس سیتی تھاو
(١) پرتھ طلسماہ خوفہ کُے فٔرٹ تھٔرہ تراو

آسہ جانٛگ پاٹھ تنہ منز حق ٹمس
باطلس نِش گرٛزھہ نہ گردن خم تمس

بیم چھہ نہ سینس تسندس منز اژاں
جُز خدا چھہ نہ خوف کانسی ہُند کھوان

یِچھے یُسُند دنیا یُسُند اقلیم لا
تس چھُہا ہلکُ نے عیالک غم ذرا

---

(١) اشارہ چھُہ حضرت موسیٰ سندس عصاہس کُن یمی فرعونہ سندی سارے طلسمات فٔرٹ آدی

ماسوی اللہ نش سُے اچھ وٹان
شراک سُے نچوس چھُ گردُن پٮ۪ھ تھوان (۱)

سُے گُنٕ آسِتھ چھُ اک بوڈ فوج ہیو
سَروگ ہوا کھوتے یوان تس نظرٕ ژُو (۲)

لاالہ صدفاہ تمبک موختاہ نماز
چھے مسلمانس لوکُٹ حجّاہ نماز

مسلس اتھ چھے نماز زن خنجراہ
چھے ژٹان بدین، چھ وَالمُنکر گواہ (۳)

---

(۱) حضرت ابراہیمؑ سُنزِ تہٕ ربانی کُن اشارہ۔ فَلَمَّا بَلَغَ مَعَهُ السَّعْيَ قَالَ يٰبُنَيَّ إِنِّي أَرٰى فِي الْمَنَامِ أَنِّي أَذْبَحُكَ فَانْظُرْ مَاذَا تَرٰى ط قَالَ يٰأَبَتِ افْعَلْ مَا تُؤْمَرُ سَتَجِدُنِي إِنْ شَاءَ اللّٰهُ مِنَ الصّٰبِرِيْنَ (الصّٰفّٰت - ۱۰۲)

(۲) قُلْ لَنْ يُصِيْبَنَا إِلَّا مَا كَتَبَ اللّٰهُ لَنَا ج هُوَ مَوْلٰنَا وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُوْنَ (توبہ - ۵۱)

(۳) إِنَّ الصَّلٰوةَ تَنْهٰى عَنِ الْفَحْشَاءِ وَالْمُنْكَرِ (عنکبوت) ۴۵

روزہ داری تریشش بوہ چھ ماران چھے
تنہ ہندس اتھ خیر برس فڑان چھے

مومنن فطرت چھ پریز لاوان حج
ہجرت، ہیچھ ناوان، ومن شرلان حج

حج جماتاہ چھے بناوان ملتس
حج چھ اکسی جایہ سو مبران ملتس

دولتک الفت چھ مشروان زکات
وت مساوا تیج نہ چھے ہاوان زکات

دل چھ حتّٰی تُنفِقُوا محکم کران
زر کران ژورتے زرک حب کم کران (۱)

---

(۱) لَن تَنَالُوا الْبِرَّ حَتّٰی تُنفِقُوا مِمَّا تُحِبُّونَ
(آل عمران - ۹۲)

پچھے امی سامانہ استحکام چون ؛
پوختہ چھک محکم اگر اسلام چون ؛

"یا قوی" کی وردہ سیتی قوت ژہ ژھار
یتھ ژہ سپدکھ خاکہ کس وُنْٹس سوار

## ۳۔ نیابت الٰہیہ

زیر کرہن پننہ پانک وُنٹ اگر
دکھ کلس تاجِ سلیمانی زبر
تا قیامت شوبہ دون روز کھ سیٹھاہ
ملکِ لایبلیٰ (۱) سپکے سپدکھ ژہ شاہ

---

(۱) ملکِ لایبلیٰ : ۔ سُہ مُلک یتھ نہ زبانگرہ آدَرِ ثبات تہ ماری ثبات کانہہ نہ نقصان، یکس وا تنا وِتھ

دُنہس منز حقہ سُند نائب بنکھ
پادشاہی بیٹھ عناصرن کرکھ

حقہ سُند نائب چھ زُوزن عالمک
پان تمی سُند سایہ اسمِ اعظمک

زانہ ڈٰن جُزؤ کُلکو اسرار سُے
امرِ حقہ سیتی عالمک سردار سُے

خیمہ نُبلہ سُے دنیہس اندر دوان
پردن سورُے فرشس پیٹھے برہم کران

چھس بُرز فطرت، ننہر کانچھان سنبھاہ
چھُے کران پادا سُہ بیاکھی عالماہ

جزہ تے کُلہ کی دنیہکی پاٹھی ہتھ جہان
سُے خیالہ کہ چمنہ منزہ پادا کران

پوختہ خامن ہنرکران فطرت نے بر
حرم منزہ پوتلین کدّ تھ لایان نہ بر

چھے یہ تندہ مضرابہ گۓ سامانہ سنز
نغمہ سیدان پأدہ دلہ پیچ تارہ منز

چھُ سُہ اچھ مژر یِتھ تھوان حقہ باپتھ
ڈاف تراوان تے شونگان حقہ باپتی

چھُ جوانی ہنز کشش بجرس دوان
رنگ جوانی ہندس سُہ پریتھ چیز س دوان

سُے بشیرِ انسانہ سند تے سُے نذیر
سے سپہ گرِ سُے سپہ تے سُے امیر (۱)

---

(۱) اِنَّا اَرْسَلْنٰكَ بِالْحَقِّ بَشِيْرًا وَّنَذِيْرًا۔
(بنی اسرائیل - ۱۰۵)

سُے ہُدابس عَلَّمَ الْاَسْمَا کُے
سیر سبحان الّذی اسرا کُے (١)

اتھ پرہ زلوُن لوُدہ سیتیٚ محکم چھُ تَس (٢)
سیتیٚ علمس دُکرِہ قوہ درت پُرچھس

شہ سوار آسِتھ چھُ نَلہ لاکم رٹان
تیزہ کھوتے تیز دُقنُک گُرِ پکان

حکمہ تندہ رُدہ نیل چھے پانے ہوکھن
چھُے کڈان سُے مصرہ اسرائیلی یَن

---

گوڈنیک مصرہ:- وَعَلَّمَ اٰدَمَ الْاَسْمَاءَ کُلَّھَا
(البقرہ-٣١)

دوٚیم مصرہ:- سُبْحَانَ الَّذِیْ اَسْرٰی بِعَبْدِہٖ لَیْلًا مِّنَ
الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ اِلَی الْمَسْجِدِ الْاَقْصٰی
(بنی اسرائیل-١)

یتھ شارس تہ برونٹھ یمن دون شارن منز چھہ حضرت موسیٰ سندس قصس کن اشارہ

مو ردہ ییران قبرٕ منزٕ نلہ تُم ونان
سروٕ کُل تیتھٕ پاٹھو چمنس منز کھسٲن

نز گژھان تندہ ذاتہ سمارچ تہٕ ذات
چُھے تندی ستین لبان عالم نجات

ذرس اختاج دوان سُے پآری زان
زندگیہ ہُند مول تندی ستین تھدان

عملہٕ ہندی جادہ زُو بخشان سُے
عملہٕ ہندی انداز نوٗی ہاوان سُے

چُھے بہوان تیتھ جایہ تندہ کھورُک نشان
جلوہ وارہ چھی تتین پآدا گژھان

چھے تندس طُورس اندر برکت سپٹھاہ
گتھکران تمہ کی چھ موسے واریاہ

زندگیہ ہُندسے کران تفسیر نوو
چھُے سُہ اتھ خوابس دوان تعبیر نوٚو

زندگیہ ہند راز تمی سند پاو پے چھُے
زندگیہ ہندہ سازُک اک نوٚو نغمہ سُے

خون چھُہ ہاران فطرتُک مضمون نگار
ادِہ گژھان موزون تندہ ذاتکی زہ شار

آسمان کھوٚت سانہ مِژہ موہ چھُہ ہند غبار
لون امی منزہ نیرہٗ وُذن سُے شہ سوار

سور ازِہ سانیُک رٹتھ پانس چھُہ تل
سانہ پگھکی زالہ وٚزنارُک تیٚنگل ؟

لونجہ اندر رٹتھ چمن سوزن پوشہ ٹُور
صبحہ پگہہ کہ سیتی اچھن سانین چھُہ نور

چُھے سوارا! گُرھُن وَنتُک وۄہ لو
گاشہِ اچھن امکانہٕ چِھن ہندِ چھُک وۄلو

عالمکی ہنگامہ کرتِکھ شُوبہ دار
کرژہ ییتھ ساہن اچھن اندر قرار

شور تیٚ شر یانہٕ قومن ہُند مٹاو
نغمہ پنُنہ نبُک صادگو ستن واتناو

فکرِ تاراسہ وۄہ تھ مسادا تیٚچ کتاب
وۄہ تھ دہ بیہ اسہِ محبتہٕ کہِ پیالک شراب

امن بیہ بہہ ناو دنیا ہس اندر
جنگ یترھن والین دہ وۄہ ذ صلح خبر

عالمِ انسان چھُ کھاہ، حاصل ژہ چھک
کاروانا ہٕ زندگی، منزل ژہ چھک

سون کُل پنہ رُوس ہردہ کہ وادہ گود
سونتہ کالکُی پاڈھو باغس منزوہ لو

سجدہ ژے لوکبتن بڈن ہندی پیشہِ چھِی
چھےڈ بکن ساہن اندر شرمندگی ؛

اسی ہُن کلہ تھوٗد چھِ تھاوان چانہ ستی
دنیہکو دو کھ دآدی ژالان چانہ ستی

## حضرت علیؓ سندہِ ناون ہندراز کیاہ چھُ

شاہ مردان مسلماہ گوڈنیک علی
عاشقن سرمایہ ایمانک علی

دبثُ مرزُ و تہندی تبیلکی الفتن
دنیہس منز چھُس پرنر لوؤن موختہ زن

نرگسک پاٹھِن وُچھان نظارہ چھُس
تہندہ باغِ عُشک زن آوارہ چھُس

میانہ مِژہ زمزم وُزان بس تہندہ سیتو
دچھہ کُلِس میأنس بنان مس تہندہ سیتو

خاک میون اختابہ تندہ آینہ چھُے
یوٗد دُچھک نالو بَرِتھ مے سینہ چھُے

تہندہ روضس گئے فال روٗٹ پیغمبرن
شانہ تندہ لوب شان بزرگی مِلتن ؛

چھُے در برِدینک یہ کہنہ سۓ گوونان
دِنہک قونون تمی سُند خاندان

دُبت لقب تس یانہ نبیٚن بوتراب ○
تس یدَ اللہ چھے وَنان اُمُ الکتاب ○
(دوس صفس پٹھ)

یُس چھُ واقف زندگی ہندِ من ہیرن
زانہ سُے مطلب چھُ کیاہ نادن تندِبن

نُورہ رُس مژیتھ خلائق تن وناں ؎
عقل تمہ کی ظلمہ چھے وارِاہ ودان

فکرہ ہنز پستی امی تنہ سیتر چھے
زرکنن سابنن، انہر چشمن تہ بے

چھُس دوطرفی تیغ ہو سیچ منزا تھس
دِل دوان یکہ وَز چھا امسی رہزنس

مژیہِ تسخیر کرحقہ سندی سُہن
کیمیاگرِ تمی سیاہ رِبہ ہنز یہ تن

---

○ اِنَّ الَّذِیْنَ یُبَایِعُوْنَکَ اِنَّمَا یُبَایِعُوْنَ اللّٰہَ ط یَدُ اللّٰہِ فَوْقَ اَیْدِیْهِمْ (دوئم مصرعہ)
ابوتراب :۔ خانگہ مول (گوڈنیک مصرعہ) (الفتح ۱۰)

حق سپٹھاہ روشن تسنزہ تلوارہ گوڈ
مُرتضےٰ تمی سُند تو سے کنی ناؤ پیوو

تنہ ہندس ملکس ٹھپن گو فتح باب
تس وناں تمہ کنی علیؓ بو تراب

ملک گے زینان کراری تسنز
تس تھزر تھاوان خوددداری تسنز

دینہس اندر بنان لُس بوتراب
لوسہ ونہ کنی ہیہ چھُ کھالان آفتاب

زین تتہ ہندس گرس لُس چھے لدان
واجہ ہیٹھ حکمہ چہ چھُ گرا نگھاہ ہیوہ بہان

شان پادن تل چھُ تس یتہ خیبرک
سُے بنان تتہ پانہ ساقی کوثرک

پان پر بزہ نآ وتھ ید اللہ چھے بنان
اَتھہٕ حقک سید تھ شہنشاہ چھے بنان

ذات تمے سنزی بنان باب علوم ○
ماتحت تس چھے عرب تے چین روم

شُوبہ سیدن پننہ مژہ بیٹھ حکمران
پننہ دچھہ کُلہ تیتھ گژھ ہکھ رُت یس چوان

خاک سیدن مذہبس منز لوپیرہ ن
چھے یہے مردی ژہ خاکک مول بن

پوشہ تُل چھک، بن ژہ کنہ ہندی پاٹھی سکھ
تیتھ ژہ کُن گلشنہ کر دیوارک بنکھ

---

○ اَنَا مَدِیْنَۃُ الْعِلْمِ وَعَلِیٌّ بَابُھَا
(حدیث)

پننہ ربہ سیتی آدماہ تعمیر کر ؛
آدمس کٕہُت عالماہ تعمیر کر

یوٗژنہ دیوارکُ درُک تراوکھ بنا
چانہ مژہ ہنر سیر بیاکھی تراوِہ ما

ہاژہ تنگ آکھ آسمانہ کہ ظلمہ سیتی
پیالہ چھُے کِنہ ہندی کران فریاد کیتی

نالہ تے فریاد ، ماتم کوٗت کال ؛
ونتہ ژٹیکھ سینہ پیہم کوت کال

زندگی ہندعملہ منسز مضمون چھُے
شوقہ وہ وپداوُن تمبُک قونون چھُے

وُوتہ جہاناہ تازہ وہ نٔیا داژہ کر
بن خلیل اللہؑ تہ وس نارس اندر

سیتی یلہ پکہ کا نہہ مخالف دُنیہس
گوتہ گویا ماآذ تمی پنہ نی شکس

پوختہ تے خودداریس آسان پچھے
سُے زمانس سیتی پکہ نادان پچھے

سیتی سیتی ہرگاہ تس دنیا پکان
جنگ چھُادہ سُے دُنیہس تین کران

چھُپے یہ کہنہ موجُود تتھ مُولے کڈّان
چھُپے سُہ نو ترکیب ذرّاتن دوان

دور ژگردش دوہن ہُند سُے کران
نیلس اسمانس تلگ ہیتھ چھُپے کران

چھُپے سُہ پنہ نی قووتہ سیتین نون کڈّان
پننہ باپت پننہ مطلبہ کے جہان

مَردہ سندی پاٹھی زندہ روزکھ نہ اگر
زندگی سے چھے ژہ تہلہ مردانہ مر

آزماوان چھے بڈہن مُہمَن اندر
زورسُے، یس آسہ بوڈ دل تے جگر

مُشکلن سیتی لول ورتاوُن چھُ جان
عشق ہردم سخیتن سیتی گندان

عشق ابراہیمہ سنٛدہیو پادہ کر
نارہ ژھٹہ منزہ پوشن ژار ذی گوزبر

مشکلن سیتین چھِ تہلہ بڈی لُکھ گندان
نُنہ تمن ہندی زور تمہ سیتی گژھان

کینہ تم ورتان یہنز ہمت چھ یُس
زندگیہ ہنداک یہوی دستور بس

زندگی چھی ظاہری قوّتس وِنان
زیرکرنُک ذوق قوّت تُکۍ اصل زان

نتلہ خطابخشان چھُبے جاکانہہ تہ مرد
چھُپے تمس منز زندگی ہُند خون سرد

زندگی اک باوزن بآتاہ ژہ زان
بے وزن بے جا عفو تتھ چھُپے کران

ذلتہ کِبن سِنزن اندرُیس غرق گو
نوتوانیہ تمو قناعت ناوٗ تھوٗوٗ

نوتوانی زندگی ہنز ژُور چھے
سیتۍ خوفس چھے اپز ملہ وان سے

چھُنہ تتھ اندر کُنی رژرُک نشان
دوہ وتمبک چھتہ بدیہ چھے وارادہ مومان

عقل والیا! روز پر تھ وزہ ہوشیار آن
حملہ چھے کھٹی کھٹی یہ بوڈ دشمن کران

یوٗد کرکھ غفلت گژھی ما دھوکہ دِتھ
رنگ سُہ بدلاوان چھے گرگٹ بنِتھ

نظرِ واپیو رنگ تہ تمی سندی پرزہ نادی
تس تھس پیٹھ پردہ تمہ دی کنتے ترادی

پردہ گاہ تس رحم، گاہ نرمی تھوان
عاجزی ہُند گاہ سُہ چھے ژادر ولان

گاہ کھٹت تھاوان مجبوری تمس
ژدرہ گاہ تھاوان معذوری تمس

سُے تن آسانی اندر دشمن دوان
تتہ وتہ واتِس چھے تیھے کنی دل نوان

دُکرہ قوّتس سیتی چھُے لاَزم پزر

جام جم سُے گوٚپنی یودے چھے خبر

زندگی چھے کماہ تہ قوّت فصل زان

پوٚزا پُز چھی قوّتہ سیتی جنگ کران

آسہ لیں قوّت سُہ ئمہ آسی مدُ ے

زینہ سُے دعوے دلیلو روستے

قوّتہ سیتی لوب اپزی پزرُک تھزر

چھُے پزرس زانان اپُز ۔ پانس پزر

کُن وَنان تے زہر چھُے کوثر بنان

شر ونان خیرس تہ تتھ چھُے شر بنان

ہا امانتہ کین حدن ہنز چھے نہ زان

چھکُ ژہ دوٚنوے وَئی جہانو کھوتہ جان (۱)

---

(۱) اِنَّا عَرَضْنَا الْاَمَانَةَ عَلَى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَالْجِبَالِ فَاَبَيْنَ اَنْ يَّحْمِلْنَهَا وَاَشْفَقْنَ مِنْهَا وَحَمَلَهَا الْاِنْسَانُ ط اِنَّهٗ كَانَ ظَلُوْمًا جَهُوْلًا (احزاب-۷۲)

زندگی ہند بن سرن ہنزان تھاؤ
دُور غیرِ اللہ نشر زی پان تھاؤ

غیرِ حقہ نشر پاک تھاؤن تن تہ من
آتھ اندر ظالم تہ بن جاہل تہ بن ؎

ہوشروالیا! اچھ تہ کن تے دُٹھ مُژر
یودنہ ادہ پزٗوت لبکھ سے خندہ کر

تس نوجوانس منز کتھ پُیس مَر قرِ پیٹھ آو تہ حضرت سیّد علی

ہجویری سندس خدمتس منز حاضر گوو تہ دشمن

ہندِ ستمک کُورن فریاد

سید ہجویر داتا گنج بخش
پیرِ نی ہند پیر داتا گنج بخش (۱)

تھوڈ سیٹھاہ منز عالمس تمی سند وقار
پیرِ سنجرن (۲) کیت حرم تمی سُند مزار

پرائی تمی دیوار کوہسارن ہندی
بیول ہندُستانہ دوؤ سجدُک تمی

(۱) حضرت سید علی ہجویری (داتا گنج بخش) وفات ۴۶۵ھ

(۲) پیرِ سنجر: خواجہ معین الدین چشتی اجمیری (غریب نواز) وفات ۶۳۳ھ

تازہ کورتمی عمرہ سندِہ وقتکُ بجر
حرفہ تمی سندہ لوب سبٹھاہ پزرن تھزرہ

سُئے قُرانہ کہ مرتبکُ بوڈ پاسبان
نظرہ تمی سنزہ گول ایزہک خانمان

زندہ دَمہ تندہ خاک پنجابکُ سپُن
صُبح سون اختابہ تندہ پرہزلُن ہیوتَن

عاشقن پیغام عشقکو وارہ وَ ذِ ؛
رویہ تمی سندہ راز عشقئو آسی ننہ

بوز تمی سندی کمالچ اک کتھاہ
بوشہ ٹُورس منزلوہ ہادسے گلشناہ

نوجواناہ لیس تدس سرُوک تھزرہ
مردہ نیر تھ آقو لاہورس اندر

پیر ہیجو پرس نشن گوبار یاب
دور پُتھ انہ گٹہ تسنز کرہ آفتاب

تس ودنن پژ دُشمنو دولس ژدہ پأرِ
شیشہ چھُس بوتے کینوؤ لس ژدہ پأرِ

پادشاہا! اسیر کتھ ہُند باو تم ؛
دُشمنن منز زندہ روزُن ہاو تم ؛

زانہ دِنی پیرن یس حاصل جمال
یژ کرتھ اتھ واس تتھ ستین جلال

تس وونُن ژسے پچھے نہ کہنہ لہ پنچ خبر
تمہ کہ آغاز چھ نہ انجام چھ خبر

خوف غارن ہند ژہ دلہ منز کڈ نیر
خوفتہ چھک قوہ وت پنُن بیدار کر

شیشہ زانُن پان کنہِ نَملہ کوڑ قبول
شیشہ سپُدس تےُ فٹن زونُن اصول

زانہِ نَلہِ پانس مسأفر نوتوان
نقد جانکُ رہزنس پانے دوان

وونژہ پانس آب ستے مژموگزز
پننہ ربہ منزہ نار طوُرک پأدہ کرِ

رشتہ دارن ہنز حکایت چھےُ فضول
دُشمن ہنز کانہہ شکایت چھےُ فضول

پوٗزاگر بوز کھ چھُ دشمن یارچون
چھےُ تندی سیتی شُوبہ وُڈن بازارچون

یَس خودی ہندِ ن مقامن ہنز خبر
فضل زانان سُے چھُ دشمن زوردر

کھاہ چھُ آدم دشمنس اڈ برُک اثر
او برُوزہ ناوان یہ کہنہ کھاہس اندر
کنٔ چھَ دتہ ہنز آب، ہرگاہ زور چھُے
چھُے سنبرد وگنہار سہلا بس کنٔے

کنٔ چھَ دتہ ہنز تیتغہ عزمچہ فش دوان
چھُے ژٕٹُن منزل تمُک اک امتحان
چار پہر سندی پاٹھو کھیون شوہ نگُن فضول
چھُے نہ پان یوڈ دوڈ چھُ چون آسُن فضول
خود یہ سیتی پان نلہ محکم کرکھ ژ
اده یژھکھ یوڈ دُنیہس بر ہم کرکھ ژ
پانہ منزہ نیر کھ اگر، سپدکھ فنا
پانسی منز بس یژھان یوڈ چھُکھ بقا

موت کیاہ گو؟ خود یہ نشہ غافل گژھن
دراوُتنہ منزہ ژُو ژبہ تی زونتھ مرُن

بن ژہ یوسف، جای رٹ پانس اندر
تاآدہ منزہ نیرتھ شہنشا ہی ژہ کر

پرزہ ناوُن پان تے بن کاژہ دول
تھپ حقس کروارہ، بن اسرارہ دول

سیر باوان چھُس بوہ وَنی وَزداستان
ٹُور پوشُک میانہ پھوہ کہ زورے پھولان

دلبرن ہندی سیر تیلہ شوبان زیر
ونتہ ثملہ پن بیہ سند بن قصن اندر

# اُس جانورہ سنز کتھ یُس ترِشہ دادہ

# چھو چھ ران اوس

بے قرار اوس ترِشہ ہؤت اک جانور
اوس شہہ کنہ دُہہ تمس بدنس اندر

نظرہ آو اک ریزہ الماسک تمس
ترِشہ ہؤت اوس دھوکہ لوگ آبُک تمس

سُے پرہ سز لوؤں ریزہ زن اوس آفتاب
جانور کم عقل، گئے تمی زون آب

تونت تتھ لاٗجن تہ دل مایوس گوس
ترِیش چِھنیہ میچس نہ تتے افسوس گوس

وژن یہ الماسن تمس اسے بے خبر
تیز موے یٹھ ژہ ہو سیج تونت کر

قطرہ اک آبک بوہ نو ساقی بوہ نو
رود مُت بیہ کا آنہ کبت باقی بونو

دوہ کھوژدمے دبُن چھک ثیرھان دیوانہ چھک
خود یہ ہنزہ ہستی نشے بیگانہ چھک

تونت فُرژان آب میون جانا ورن
موختہ زُوہ جانگ چھُ ماران آدمن

گو نہ ئلہ جانا ورس حاصل مُدا
بُتھ پھُرن الماسہ نشہ تے گو جُدا

حسرتو سیتی سینہ گو آبادِ تس
درایہ ہرٹہ منزہ بوہ لہ کنہ فریاد تس

شبنمُک قطراہ اکِس لنجے پیٹھن
اُوشس پرٕ بزلوٗن اوس بُلبُلہ سُندِ سُرزن
گاہ تُسند شکرانہ اختابکُ کرن ؛
آفتابہ کہ خوفہ لرزان تس بدن ؛

شُرنبکُ تارکُ سُر تس عادت فرار
شوقہ نزرکہ سُے کران ساتاہ قرار
برہم دُتَس پوشہ تہ ٹور پو وا ریاہ ؛
زندگیہ نشہ تلُ نہ تمی کاہنہ فاٗیداہ ؛

اوس اُوشس کَتام عاشقہ سُندِ سُرزن
وَسِی پینس آمادہ مِرژگانو پیٹھن ؛
پوشہ لنجہ تَل ووت مضطر جانور
شبنمُک سُے قطرہ آس اٗسَس اندر

یوٚد بچاوُن دُشمنس نشہ چھُے ژٕہہ پان
پانہٕ گوٚڑہ کرِینہٕ پانکُ امتحان

یُس ژٕھ ژٕہ پانس میانہٕ پاناکیاہ ژٕہ چھکُ
لال یا سُے آبہٕ قطراہ شبنمکُ

ترٛیشہٕ ہُلہ دبُت نارتس جاناورس
لوگ توٚسے کِنٕز پتہٕ سُہ بیہ سندِس زُوس

خوٚہی بوٗزٕن الماسکُ تہٕ بوٗن قطرکُ اثر
'بود' اکھ 'نابود' بیاکھ دوٚنوٗنٕز اندر

خوٚدیہ ہُندِ پرستھ ساتہٕ کرِ پانٕے بچاوٕ
لال بن، شبنم مہٕ بن گژھ یاد تھاوٕ

یوٚہ ختہ بالس ہشِ بنِنٕز فطرت بناوٕ
تُلِ ناکھس بیٹھ اوٚبرُ دہ دریاوٕ تراوٕ

پان ژھاٰرِ تھ لب ژہ پنہنے تُن تہ من
سکھ کرُن سیماب پانگ چاندی بن

پاٰدہ کر نغماہ خودی ہنز وا ی تار
کر خودی ہندی سیر ساٰری آشکار

# الماس تہ ژٔنہ ہنز کتھ

بیہ بوا کہ پھیرہ بیزرِ گےٗ مژرا وہ بر
بیہ و نے اک کتھ ژہ مے کُن گوش کر

کانہِ منز ژٔنہ کوزِ یہ الماسس سوال
چھی ژ بہہ اندر جلوہ وا راہ بے زوال

سیتی روزان اسی ہشی ساٰنی زندگی
دُنیہس منز اصلہ اسی دوہ توسے کنی

چھُس بوناٗلاٗتھ، مران چھُس کانہٕ منز
چھکُ شُہن تاجکُ ژہٕ رُت سامانہٕ سنز

قدرے لکُ خاکہٕ کھوتے کم کران ؛
حُسنہٕ چانی ستیٕ آنس وہہٕ گرژھان

چھُے پربزلوٗن مبانہٕ انہٕ گٹہٕ ستیٕ دان
جوہرس میاٗنس چھُ سوٗرٕ آخرٕ بنان

کھورینزٕ پرٕ تھٕ کاہنہٕ پٹھٕ تراوان چھُے
میاٗنٕ ہستی نارٕ ستیٕ زالان چھُے

میانہٕ ہستیہ پیٹھٕ ووُن لازم سنتھاہ
میانہٕ ذاتچ بوزٕ اصلیت چھُ کیاہ

دُہس تمتھ گوتے بُنتھ گومیون پان
اکہٕ ربہا نارچ ژہٕ ہستی میاٗنہٕ زان

چون خوٗی تتے روٗی چھُ شُبہ وۆن تارُ کاہ
چون پرتھ کاہنہ اند چھُ گاہ تراوان سِٹھاہ

گاش اچھن ہُند چھُک بنان شاہس گۄہے
شُوب لاگان خنجرُکس دستس گۄہے

وۆن یہ الماسن تمس لے رازدان
پوٗختہ سپدِتھ کرٲنک چھےٚ خاکس بنان

سیتی ماحولس چھُ ئلہ سُے جنگ کران
جنگہ سیتی پوٗختہ سُے کُنۍ ہیو بنا ن

پوٗختہ گیہ نوٗرانہ دِتھ تمِ نُندہ بون
جلوہ ہاوان داریاہ ادہ سینہ میوٗن

خام چھےٚ ہستی تۄہے کُنۍ خارگوکھ
نرم پان اوسُے تۄہے دُزۍ دُزۍ ژہ پیوکھ

خوف دِلہ منزہ کڈ مہ کرو سواس ژی
پوختہ کٔنی ہیوبن، سپد الماس ژی

یُس کران کوٗشش تہ محنت پُور چھے
تُسے بنان دوشوٚن عالمن کبُت نوٗر چھے

سنگ اسوداصلہ کنی یوٚد وسے چھُ خاک
جای کعبس منز چھ تتھ پیٚٹھ تھٔزتہ پاک

ژُورہ کھوتے تھوٚد تمِیک واراہ چھُ شان
بوسہ تتھ چھی لوکُ پرتھ رنگٕ کران

پوختہ یُس تس زندگیہ منز عزتاہ
خام چھُ کمزور نالائق سبٹھاہ

# شیخنز تہ برہمنہ سنز کتھ

تہ

# ہمالہ تہ گنگایہ ہنز کتھ بات

اوس بنارسہ برہمناہ اک معتبر
روُدمُت بودس تہ نابودس اندر

فلسفکُ عالِم تہ فاضل وار یاہ
پڑھ خداوالین ہنزی آستس سبٹھاہ

ذہن تمی سُند تھوٗد، نوین نوکتن اندر
عقلہ تمی سنزہ اوس اسمانکُ تھزر

رازہ ہونزیتھ جایہ روزن وول اوس
تتی بنومُت تمو تہ پنہنُے اول اوس

کیاہ وَنے تنزہ فکرہ ہندہ نارُک بجر
زون تے اختابہ اِسبند تتھ اندر

پیالہ خُونس منز رونگُن یژ کال تام
فلسفکی تمی ساقین بوژنس نہ جام

زال لوگُن علمہ کس باغس اندر
لوگ نہ برِہ زاہ مطلبکُ تس جانور

فکرِہ تمی سنزی نمن آوُرت سےٹھاہ
بودہ نا بودُک یہ گنڈمژ رُن نہ زاہ

دوہ کھ سےٹھاہ اوُس تہ دوہ شش تراوان اوس
دل تمس اتھ فکرہ منز مارٔان اوس

اوس اک شیخاہ سےٹھاہ رُت کاملاہ
سینس اندر اوس تمی ژھُجمت دلاہ

آدٕ برہمن تسۍ نشن ہیتھ سرِ پیٚنُن
حالِ دل پنہٕ نۍ تمس شیخس وونُن

ڈُھبہٕ بنٕز ہند وارہٕ پائٹھ وادہٕ تھاوی تٔمۍ
برکنن ہندی ہوشہٕ سان وٕتھی ترآوی تٔمۍ

وۄن تمس شیخن کھٲن چھکھ آسمان
گوڈہٕ زمینس سیتۍ تھوکھنہٕ کال زان

ؤس زمینس پیٹھ گوڈٕ نۍ تراوُن ژہٕ نب
تھومۍ پانس تارکن ہُند کاہنہٕ طلب

کرمہٕ وونمے تراوٕ پوٚتلین ہند خیال
چھکھ اگر کافر ژہٕ یونُکھ شرط پال

برہمنا! چھکھ پرانہٕ تہذیبُک امین
تلہٕ ہیٚتس موٚمل جدن ہند پرون دین

کُنۍ جمات ہرگاہ چھُ قوٚمچ زندگی
کفرتامت چھے جماژچ زندگی

یوٚدوٚ نہ کُفرس منز تہ کاہنہ کامل ژہ چھکھ
گتھ دِلکی کرنس تہ کرقابل ژہ چھکھ

ترووُتھن آذر تہ تمی سُند دین ژ رے
ترووُ ابراہیم تہ تمی سُند دین سے

دِیت نہ قیسن سأنی زاہ دل محملس
وارہ گوُمت عشق چھُ نہ دیوانہ تس

ئلہ وجودس منز خودی ہند ژونگ شہود
ظوُن تھوُن نبینہ نکھ بے سود گوو

تل کوہس اکہ وقتہ آبن پان اوٚن
پانہ گنگاتے ہمالاہس یہ ووٚن

پأدہ یَنہ سپُدکھُ تلُتھ تخ یتھ پھیکھن
یونہ دریاوُکی چھ پیرت جأئی تن

آسمانس ہیوٗژہ تھزٕ رووُک حقن
پکنہ نشہ لاچار گوٗژ مُت چھُک حقن

چھے نہ کاہنہ پکنچ سکت کھورن اندر
نے یہ مرتبہ کامہ ہندسنے یتھ تھزر

زندگانی بس دوہس راتس پکُن
لہرہ ہنز چھے زندگی بس رم کرُن

بُوزی یَلہ یم طعنہ دریاوکی کوہن
نارتراوان گوٗژ نارٕک سوٗزر زن

تس وونن دریاوہ چھُک آئینہ میون
ہتھ ژھ بہ ہوی دریاو وارہ سینہ میون

چھے سبب فنہک یہ چوٗنے رُت پکُن
پانہ نِشہ یُس گو فنا تس پچھے گژھُن

پانہ پنہ نی پانہ نِشہ بے زان چھک
ناز گاٹس پیٹھ ژہہ چھے نادان چھک

آسمانہ کِنہ شکمہ چھک یاد آگوٗ مُت
چانہ نِشہ رُت پچھے سُہ لوٗبھُیس وسئی پیوٗ مُت (۱)

پان ژےٗ قوربان کوژتھن قلزمس
نقد جانک پانہ پُتشر تھ رہزنس

پوشس ہیو خود دار بن چمنس اندر
مُشک گُل چینس ورائی عام کر

جا یہ پنہ نی پیٹھ تھُدن چھے زندگی
پوشس پنہ نی باغہ تُل، سے زندگی

---

(۱) ہندکو دھرمک عقیدہ چھُ زِ گنگا یہ ہندا گرچھا سانس پیٹھ

وأنہ گے کھورتھ زمیٖنس پور چھُس
چھکُ ثرہ زانان منزِس نشُ دور چھُس

ہیٚوٚر کھوٚتُس تے پیوٚس وأتتھ آسمان
لونچہ تل میانی چھُ شوٚنگتھ آسمان ؛

چاأنہِ ہستی قُلزُمس منز بے نشان
سجدہ مے کبنگرن نبگ تارک دوان

سیر فلکن ہندِ کراچھوڈیشان چھُس
دُف بوٚ ملکن ہنٛز کنوٚ بوزان چھُس

چھُس تلاشہ کہ نارہ بوٚ ہر دم دزان
لال تے الماس چھُس سوٚ مبر تھوان

اُندرہ کنٛی چھُس، نارِ چھُم تیتھ کنہ اندر
نارہ میانے ہبٹھی چھُ کرآبکُ گنذر

قطرہ ہرگاہ چھکُ ژہ ثابت تھاو کھور
مارژھٹہ پلہ ناؤ سوڈرسں سیتی زور

آب لالکُ یثرھتہ لالکُ ریزہ بن
بن ژہ کنہٗ دُور یُتھ لگکھ یارسں کنن

یاژہ پک یثر تیز، بن تھوُد شانہ وول
اوبر بن ترٹہ وول تے بارانہ وول

سوڈر منگہ خیرات طوفانکُ ژہہ نش
شکوہ کرہ یتھ ونچہ ہندہ ژھو چرکُ ژہہ نش

لہرہ ہندہ نشہ کم ینُٔ گنزراوہ پان
پانہ سُے چاپُن کھورن تل تراوہ پان

# مُسلمانہ سُنزہ زندگیُک مقصد چھُ کلمتہ اللہ ہس تھزر دیُن

## اگر جہاد یہ فقط زمینس پیٹھ قبضہ کرنہ خاطرہ کرنہ یِیِ چھُ اسلامس منز حرام

صِبغَۃُ اللہ سیتیٖ دل رنگہ ناوٗ ژیٖ
تھوٗد تہ بالا ناوٗ عشقُک تھاوٗ ژیٖ ①

مُسلمس عشقیٖ گران غالب سیٹھاہ
عشق یوٗد چھُنہ مُسلمس چھے کافراہ

اَچھ وٗنیٖ، تمیٖ سُند وُچھن تابع حقس
کھوٗن تہ چوٗن، تمیٖ سُند شونگُن تابع حقس ②

---

① صِبْغَةَ اللهِ وَمَنْ اَحْسَنُ مِنَ اللهِ صِبْغَة

② قُلْ اِنَّ صَلَاتِیْ وَنُسُکِیْ وَمَحْیَایَ وَمَمَاتِیْ لِلّٰہِ رَبِّ الْعٰلَمِیْنَ (انعام ۔ ۱۶۳)

حق فقط ژھانڈان تمی سُندے رضا (۱) ق
راوران تسی منز پننی مرضی خُدا

چھے یہ کتھ زاۓ اوِج تہ اتھ منز وارہ سَن
لُوک بوزن وائی کر باور کرن ؎

ڈیرہ اِلاَّ اللہ کی میدانہ تس (۲) ق
آوُ سُے شَاھِدْ عَلَی النَّاس عالمس

پانہ چھُے شاہد تسندہ عالکُ نبیؐ ؎
شاہدن منز تھوُدْ سبٹھاہ بزرگ نبیؐ

تراوُ ژھرُ دعواتہ عشقکُ بر مرشد
نورِ حقہ روشن پننہ اعمال کر

---

(۱) فَلَنُوَلِّيَنَّكَ قِبْلَةً تَرْضٰهَا (البقرہ-۱۴۴)
(۲) وَكَذٰلِكَ جَعَلْنٰكُمْ اُمَّةً وَّسَطًا لِّتَكُوْنُوْا شُهَدَآءَ عَلَى
النَّاسِ وَيَكُوْنَ الرَّسُوْلُ عَلَيْكُمْ شَهِيْدًا ط (البقرہ-۱۴۳)

رخت شاہی ول تہ درویشی مہ تراو
اچھ ینی مژ راو، حقہ سُند خوف تھاو

یُن حقس نکھہ عملہ ہند مقصود زان
یتھ بجر گژھہ چانہ اتھہ تمی سُند عیان

شر بنان صلحس اگر مقصد چھُ غاَر
یوڈ خدا آسی غرض جنگی چھُ غاَر

تیغ سأنی دیہ نہ یود پزرس تھزر
قومس ادہ کانہہ جنگ کرُن جائز چھُ کر

موُرشداہ کامل میاں میرِ ولی (۱)
نورہ تمی سندہ ننی سبٹھا اسرار چھی

---

(۱) حضرت میاں میر۔ یہند مزار شریف چھُ لاہورس اندر، اصلی ناو میر محمد تہ میاں میر اُسکھ لقب۔ یم اسی قادری سلسلک اکھ مشہور بزرگ
(۹۳۸ھ - ۱۰۴۵ھ)

مصطفیٰؐ سندس طریقس پیٹھ سُہ رُود
ووی نیہ تنزہ محبتک لولکُ سرود

سائنِس شہرس اندر تمی سُند مزار
سانہ شہرچ مژ تو سے ایماندار

فائض تندہ مقبرہ گژھان جاری سیٹھاہ
سانہ باپت نورہ واجنِ مشعلاہ

تس برس تل سجدہ دِوہ ووُن آسمان ⓵
تس مریدن منز شہِ ہندوستان

ییول ظہکُ ووُدُشہن پننس دلس
شوق مُلکن زینہ نکُ گو یادہ تس

---

⓵ یہ پادشاہ اوس شاہجہان یس سنہ ۱۶۲۷ء پیٹھہ سنہ ۱۶۵۸ء تام کرن پادشاہی تہ سنہ ۱۶۶۶ء منز مود

نار مو سکھ منز زوس وُزہ نوئ تمی (۱)
تیغریژ ھَل من مسزیئد یچھہ نوؤتمی

اوس دکنس منز فاداہ داریاہ
سوزمت توٗت فوج تمۍ اوسن سٹاہ

آو میرس نش ینن سۍ ہیتھ مُدا
تس دعاکرنک کورن تمۍ التجا

ئلہ مسلمانس چھ دُنیا دہ کھ دوان
چھے خدایس کُن ہلم ڈارتھ گژھان

گوڈہ چھ تدبیرس اندر داراہ سنان
تتھ دُعا منگِ منگ چھ ادہ محکم کران

پادشاہس منز بوز کتھ میرن تمام
رود ژھوپہ لاگتھ کورن نہ کہنہ کلام

(۱) یَومَ نَقُولُ لِجَهَنَّمَ هَلِ امْتَلَأْتِ وَتَقُولُ هَلْ مِن مَّزِيدٍ (ق-۳۰)

ہیہ رتہ کہنہ درویش تھاوِتھ گوش آسی
تم وُچھان میرس کُنے خاموش آسی

ہتھ مُریداہ چاندہ روہ پیاہ منزاتھس
آؤ میرس نِشہ کرن سۓ پیش تس

تس وونُن رٹ میون نذرانہ حقیر
پزرہ یم ڈُی، چھک تمن ہند دستگیر

کام کری کری تن مِہ فٹ منز آر قس
ادہ یہ روہ پیاہ اک مہ سپدِ یم بدس

وون تمس میرن دِہ سُلطانس یہ زر
چھُے یہ بچھہ وون پادشاہ زخس اندر

ماتحت چھس زون تارک آفتاب
سون شاہ مفلس لگن منز بےحساب

بیہ سُنٛزی ژوچہ پیٹھ نظر اُمی سنٛز پہان
زول بوچھہ نارن اسٛندی سورے جہان

تیغہ امی سنٛزہ دراگ تُل طوفان اوٚن
امی سندی تعمیرہ دنیا چھوٚن تہ توٚن

روب امی سند دُنیہک دشمن بینوٚ
آدمن ہندہ قافلک رہزن بینوٚ

کھوٚن برہم تے خام فکرو راوٚروٚ
لوٹ کرنس ناوٚ امی تسخیر تھوٚوٚ

اک پنٛز، بیہ دشمن ہندی فوج کیتی
مُودی امی سنٛزہ بوچھہ ہنزی تلوارہ ستی

بوچھہ کران چھے بچہ وٚلنس پانس فنا
پادشاہ سنٛز بوچھہ کران مُلکس فنا

یُس چھُ خنجر غیرِ حقہٕ بایت تلان
تیغ تمی سُنٛز تھہندی سینس ژٕٹان

# تمہٕ نصیحژ یمہٕ میرنجاتن[1] نقشبندِ چھُ مسلمانن کران

ہاژہ پوشکی پأٹھی مژہ اندرے کھوتُک
خود یہ ہندہٕ شِکمُک ژہ اک اولاد چھُک

یوژلبقا ژھانڈکھ خودی ہندرٹ مقام
بن ژہ قطراہ، سوٗدر زانُن ترٛیشہ دام

---

1. میرنجات نقشبند نأدِک چھُ نہٕ کانہہ شخص اوسمُت، تیاس چھُ زہ اقبالن کرہ یمہٕ نصیحژ پنٛنی طرفہ اتھ نادس بیٹھ نہ کیاز ہ ٹلہ (سنہٕ ۱۹۱۵ء) اسرار خودی تمی لیچھ، تہلہ اُس دُنی سُنٛز معلمانہ حیثت دُنیہِ نیٛز درامژ ۔ ناد

خود یہ ہندہ نورانہ ہستی چھُک ژہ پرژن
کر خودی محکم تہ سپدکھ پوشہ وژن

چھُپے نفا اُتھی منز، یہوی سودا زبر
خواجہ سپدکھ راَچھا اُتھی مالس ژہ کر

ہست چھُک تے نیستیہ کھوژان چھُک
وارہ ہا زانتھ! غلط سوچان چھُک

چھم خبر چھُپے زندگیہ ہُند ساز کیاہ
ووہ لہ ونے گو زندگیہ ہُند راز کیاہ

ڈُنگہ مو ختکی پاٹھی پانس منز وسُن
کلہ نیبر بیہ پنہ خلوتہ منزہ کڈُن

تہ تمبرہ تمبرے نار سورس تل رٹُن
نار سپدُن یا نہ نظرن نار دیُن

گھرٕ ژٕہ وٲری ین ژٕ تجہٕ ہن ہُند زالتن
پانس اُندی اندی پھیرِ ژھٹ نارِچ ژٕہ بن

غارٕنی اُندی اُندی نہ پھیرُن زندگی
پان پنہٕ نُے کعبہ زانُن زندگی

پرینٔنی مُژراو، مژہ منزہ کر سفر
پان پنہٕ نُے خاکہ منزہ آزاد کر

وُف ژٕہ تھزرن پیٹھ تہٕ بن جانا وراہ
وسی پینہٕ کُ یتھ خطرہ کاہنہ روزی نہ زاہ

چھُکسنہ جانا ور اگر تیلہ ہوشہ پھیر
اول گوہ یھہ ہندس دہانس پیٹھ مہٕ نیر

علم پرِنُک چھُک اگر ژھانڈان سپے
پیر رومی سُند بوزِیا ماہ ونے

"آسہ ئلہ تنہٕ کُہت فقط، چھُے مار علم
ئلہ دِلس کہت آسہ زانُن یار علم" (۱)

چھے نہ رومی سندہ فصیح شاید خبر
ژاڑہ ہالہٕ اوس تس مجلس اندر (۲)

عقلہ ترا مژہ بیڑہ تس آسن کھورس
عقلہ ہندہ ظلماتہ وِرہ دِیٔ ناوُ تس

طُورہ لولہ کہ بے خبر مُوسےٰ تُسند
عشقہ رُستے اوس وُنہِ سودا تُسند

گاہ "تشکک" اوس سے اوخُن ونان
اوس گاہے مسلہ "اشراقک" پران (۳)

---

(۱) حضرت محمدؐ سُہ ہمیشہ یہ دعا منگان :- اَللّٰھُمَّ اِنِّیۡ اَعُوۡذُ بِکَ مِنَ الۡعِلۡمِ لَا یَنۡفَعُ ناز
(۲) حلب :- یہ چھُ مُلکِ شامُک اکھ مشہور شہر ناز
(۳) گوڈنیک مصرہ :- تشکک :- امیُک معنہ چھُ ہر تھ چیزس شکہ چہ نظرہ وچھُن۔ یہ چھُ اکھ نظریہ یمہ مطابق علم تہ عقل چھُ محدود دیوان اننہ۔ ہٰذا چھُ یہ غلط زہ انسان کرہٕ ہیکہ کُنہ کتھہ ہندس آخری تہس سٕتھ واتھ
دویم مصرہ :- اشراق۔ تصوف کِس اصطلاحس منز چھُ امیُک مطلب یہ زہ خدا چھُ کُنے دلا شریک۔ تس ورٲے چھُنہ دُنیہس منز بیہ کنہ چیز موجود ہٰذا ہیکہ انسان خدایس محض دِیدانہ سیتی پرزہ ناوتھ نہ کہ عقلہ سیتر ناز

گاہ حِکَمؔ پرٛی پرٛی تمیٚ وِژھرن کران
سوٗختہ پرٛہ زلن وول مالن منز جران (۱)

اوس سرِ بادانٕ مشائینٕ ہندی
رازٕ نِنٕ کرٛی فِکرہ ہندی نوٗرن تہ ندی (۲)

تہٕ کتابن ہند تمس انبار اوس
نیٚز تمن ہندی کران اسرار اوس

پیٖر تبریزی چھُ یُس ندٕ شمس ناو
رومیس نش سے کمالنہ حسکمہ آو (۳)

---

(۱) حِکَمؔ:- یہ چھ اَکھ مشہور کتاب ییٚس شیخ اکبر محی الدین ابن عربی (سنہ ۵۶۰ھ - سنہ ۶۳۸ھ) سٕنز تصنیف چھ۔ ناز

(۲) مشائین:- یہ لفظ چھُ مشا، ہُنٛد جمع۔ امیک معنہ چھُ پکن وول۔ مشائین چھ تمن عالمن ہُنٛد
جماعت ناو یمو کُنہ چیز چ یا کتھ ہنٛز حقیقت اسہ انسُ ییٚس نشہ گژھو گژھو معلوم کرانہٕ تہ اشراق
مالکین مقابلہ مشائینن ہنز جات اُسس، اسی گیرہ بحث مبریات کران، ناز

(۳) گوڈنیک مصرعہ:- شمس تبریزی:- مولانا رومی سند مرشد۔ وفات سنہ ۶۴۵ھ
دوٚیم مصرعہ:- باباشیخ کمال الدین جُنیدی یُس حضرت جنید بغدادی سندس سلسلس منز داخل
اوس تہ شمس تبریزی سند مرشد اوس۔ ناز

وۄن تمس شمٔسن یہ استدلال کیاہ
کیاہ قیاسُک بحث وہمُک قال کیاہ (۱)

اوُفنن وۄن تس ژٕہ مایتہ وُٹھ مُژر
داہن ہنزن کتھن ماخندہ کر

نیر جل یمہ ژاڑ ہالہ اندرے ہنبر
اتھہ نان چھی قیل وقال اے بے خبر

قال کیاہ زانکھ امیہ ژے پیچھے نہ زان
شیشہ ادراکُک یہ چھے روشن کران (۲)

---

(۱) گوڈنیک مصرہ:- قیاس۔ ارسطو (۳۸۴ – ۳۲۲ ق م۔ ب) سندس منطقس منز چھُ یہ حجتہ کہو ترٛیو قسمو منزٕ اکھ۔ بیہ زٕہ چھ استقرا تہ تمثیل + قیاسک معنہ گوتھ ہا ٹھ انداز کرُن مگر منطقکس اصطلاحس منز گو قیاس دوٕن یا دوٕن لوکھو تہ زیادہ قضیئن ترکیب دتھ تمو منز نتیجہ کڈُن۔ مثال:- انسان چھُ فانی تہ زید چھُ انسان۔ لہٰذا چھُ زید تہ فانی

(۱) دوٕیم مصرہ:- وہم۔ عام زبانہِ منز چھُ امیک معنہ شک کرُن۔ مگر منطقس منز چھُ وہم تمہ قوتس یوان ونہ یمہ سٕتی انسان جُزک معنہ چھ زانتہ ہیکان

(۲) ادراک:- امیُک معنہ چھ محسوسات، معقولات یا موہومات کہ ذریعہ علم حاصل کرُن۔ ادراکچ مشین چھ ترٛیو پرزو سٕتی تمام گژھان (۱) پانژہ حواس (۲) عقل (۳) وہم

سوز ملہ سنزوکتھو شمتس وُزیوہ وُ
پان تمی سُند منقلاہ نارچ ببنو وُ

پتھرؤکُن تمُو کرٗ نظرزن آس ترٹ
پھوک دیتُن، گے پادہ فرؤ منزہ نارہ زٹ ہٹ

نارہ اِدراگکُ شُر بوڈ انبار دوٗد
فلسفی سُند دفتری یکبار دوٗد

مولویس توژنہ عشقکُ فکرہ راز
نغمہ کم پٲداکران عشقکُ یہ ساز

تمی پرِتھُن شمتس ژہہ کیتھ زوُتھ یہ نار
سُور کوژ تھن فلسفکُ سوٗرے انبار

وولی تمس شمتن تری کیاہ فکرِ وکتھ
چھکُ مسلماناہ، نگرزنار ہیتھ ؎

نار کیتھ لوگ دفرس چانس اندر
اتھ ونان چھیٚ ذوق و حالؔ اے بے خبر

حال کیاہ زانکھ اپ زٔرے پچھے نہ زان
پانہٕ اتھ نارس چھہ اسی پارس ونان

فلسفہ کر شینکُ کران سامان چھکُ
ڈونٹھ اوٚبرے فکرہ ہندہ تراوان چھکُ

زال آتش پننہ نسی سورٕس اندر
پننہ مرشہ منزہ نارہ ژھٹ پآ داژہ کر

مُلس ئله پاٗدہ سوزِ دل گژھان
علم تمیٚ سُندُ سے چھُ ادہ کاٗمل گژھان

ترک کر آفل یہوی چھےُ چوٗن دین
دوٗن قرانن لَا یُحِبُّ الْاٰفِلِین

---

آفل: یہ چھُ عربی لفظ، اَمیُک معنہ چھُ لوسن وول۔ فَلَمَّا جَنَّ عَلَيْهِ اللَّيْلُ رَاٰ كَوْكَبًا ج قَالَ هٰذَا رَبِّيْ ج فَلَمَّا اَفَلَ قَالَ لَاۤ اُحِبُّ الْاٰفِلِيْنَ ۔

ترک ابراہیم گو آتشِ گران
بے ضرر نار سِس اندر تس رُود پان (١)

علمِ حق مشرُتھ زِ بہ لا پروا گژھتھ
دین زُو چھ اکہ بدلہ زِ سے ژُھنڈتھ کُنِتھ

چھکُ زہ گومُت سو رمہ باپت دربدر
پننِہ اچھ ہندہ چھے نہ کر بہ نبا رِچ خبر

سینہ خنجر کہ آب حیواں کر طلب (٢)
اژدرن ہندہ آسہ کر کو ثر طلب

سنگِ اسود یوژ گژھی بُت خانہ منگ
نافہ گژھ ملقائی ہُونِس پانہ منگ

منگ مہ تہذیبس زہ آزی کس کہنہ مگر
تس نہ عشقکُ سوز نے لو لِچ خبر

---

(١) قُلْنَا يَا نَارُ كُونِي بَرْدًا وَسَلَامًا عَلَىٰ إِبْرَاهِيمَ ( انبیاء - ٦٩)
(٢) آبِ حیواں گو آبِ حیات۔

اَزی کہ وقتچ عقل چھے کُفرچ شکار
اتھ مستس منز موژہ پزرُک کیف ژھار

جستجو رودُس بویژ کالاہ کران
اُزی کہِ تہذیبکُ بوا وُسٹس رازدان

باغوانو پانہ ہیو تہم امتحان
پوشہ چمنچ وارہ کرہم پاآدہ زان

لالہ زاراہ عبرتکُ سورسے چمن
برہم دوِان مشکُک چھ کاغذ پوش زن

چھُس بوہ ینہ امہ چمنہ والس چھ بوزُنت
ادل چھُم طوبئے ہیچہ لنجہ پیٹھ یُورمُت (۱)

عقل یمہ دقتچ ژہ اک بوڈ پردہ زان
چھے گران لیچہ تلہن کنان، پوزا کران

---

(۱) طوبئے:۔ یہ چھا کہ کُلیکُ ناو یُس جنتس منز چھ تہ یُس رنگہ رنگہ میوہ تہ خوشبودوان چھُ۔

ظاہرہ چھے بیڑہ تس کھورن اندر
درایہ نہ جبہٕ کبو حدوٕ اندر ے نبہبرٕ

زندگیہ ہندہ کدلہ پیٹھ ڈول کھو رتس
تھوٗ خنجر پانٕسی تمہ پیٹھہ ہٹس

آتشاہ چھُس یُس چھُ لالکی پاٹھی سرد
تس چھُ تیٚنگلاہ یُس چھُ ڈوڈھکی پاٹھی سرد

سوزہ عشقہ نِہ فطرتن آزاد سے
ڈیٚہس اندر توے ناشاد سے

عقلہ باپت عشق افلاطون چھُے
دور کرہ وون عقلہ ہنزہ بیمار سُے

سجدہ عشقس کن کران چھے کائنات
عشق محمود، عقل تمی سُند سومنات

شیشس اندر عقلہ چھ نہ وہ ذٕ یرون مس
شورٕ یارب قسمتس راتن نہ تس

پننہ شمشادکؠ ژ بہہ معول زونتھ نہ زاہ
سروہ کُل بیہ سُند ژ بہہ تھوڈ موٗنتھ سٔتھاہ

یان نے زن خودیہ نشہ غاآلی کوٗرتھ
بیہ سنزی آوازہ پیٹھ دل راوہ ژتھ

ہاژہٕ دسترخوانہ بیہ سندہ چھکھ بھیان
وانہ بیہ سندہ چھکھ ہُنٛن سوداںیان

ژآنگی بیہ سندی زآجی محفل مُسلمس
مندرہ نارن زآجرٕ مسجد چھ تس

روس زن ٔسے کعبہ منزہ تگہٕ سان دراوٗ
تیر صیادن تمس لرکا نہٕ آوٕ ؛

پوشہ پیٹھ تَلہ پوشہ تُل زن وسی شہ پود
ادہ پریشان ینہ مُشکلو پأٹھ گوو

یان مشرٔ دُمت مسلمانٕ ژ یہ سپھُے
رٔم مہ کر بھیرِ تھ یہ بیہ یانس گُنے

ہا قرانہ کرِ حِلمتک چھکُ ژی امین
راو مژ وحدت لبُن، سے چون دین

رِکلہٕ چھُ ملّت، ائسی چھ تمہ کی ڈیڈری وان
ترو وانسہ مِلّت تہ گے کافرستان

پیالہ قُسمت ازچھُ یرٔأنس ساقیس
رندِ حجاز کی تام ازگامتی چھ بس

ازیوہ تل سأنی چھ کعبس منز بُتان
کفر ازچھے خندہ اسلامس کران

دین کُن شیٖخن پوٚتلی تمی ملُے ہیتنِ ؎

یو نہٕ پنہٕ رٔٹتو دانہٕ تسبیح ہندی گنڈِ ن

کہنہٕ چھہٕ پیراز دال چھُٹر اوِ تھہ بنان

چھی تمن بیٹھ خندہ شُری تامت کران

لا الہٰ ہکہٕ نقشہٕ نِشہٕ بے گانہٕ تم

ہوسہٕ کیو پوٚتلیو بنٲدی بُتخانہٕ تم

زبوٹھہٕ لیس مس خرقہٕ سے لاگتھ لیکان

وائے سوداگر چھہٕ تم دینس کنان

رٔٹتھ مُریدن رات دوہ پھیران تم

حاجتو نِشہٕ دینہٕ کیو بے زان تم

اچھہٕ پمبر زوٕ لہ ہش چھہٕ تہنز بے بصر

چھہٕ نہٕ دِلچ دولت تمن سینس اندر

گھہ کران واعظ تہ صوفی منصبس[٣]

تھوٗ نہ کاہنہ عزت تمو وٚنہٕ مذہبس

ساعٕز واعظ چھی پیوہ تٔل خانن وٕچھان

مذہبک مفتی چھہ وٚنہٕ فتوا کنان

یارہ ون امہ پتہ چھہ کیاہ تدبیر سون

گٔل چھہ میخانیح تھوٗ تھہ وٚنہٕ پیر سون

# اَلوَقتُ سَیفٌ

شافعی اک بوڈ اماہ نہ مدار

سبز یارب تھاو تن تمی سُند مزار

اُوس وارہ پایہ بوڈ سے ساقیاہ

تمی سُندی متہ سیتی مس گو عالماہ

الوقت سیف: یعنی وقت چھہ تلوار، یہ چھہ حضرت امام شافعی سُند مقولہ

پھیر تمی سنز فکر اسمانن ژوہ پآری
تمۍ اژن اسمانہ تارک ژآری ژآری

اَدس وقتک زانہ وۄن، تمی سیر لوۄ
یانہ تمۍ شمشیر وقتس ناوٕ تھوو ؛

رسیرامہ شمشیرہ ہُند لو کیاہ ونے
زندگی پننس پھلس منز ہتھ چھِ سے

آسہ یس شمشیر وقتچ منز اتھس
نے وۄہ میدُک بندہ ئسے نے بیم تس

تس کلیم اللہؑ سند ہیو شان سپدٕ چھُے
اتھہ تُسُند زیادے مگر پر بزلان چھُے (۱)

ضربہ تمی سندہ آب کنہ اندرے وزان
ضربہ تمی سندہ قلزمس آبی ہوہ کھان

(۱) ید بیضا ہس کُن اشارہ ییُس حضرت موسیٰؑ سُنداک معجزہ اوس . ناز

تیغ سے آسس موتہس قبضس اندر
کارتمی سندی اُسی تدبیرس نببر

خیبرس پیٹھ قبضہ کوڈ یمی حیدرؓ
تس امی شمشیرہ دیت طاقت اتھن

گردش اسمانکُ وُچھن لائق سیٹھاہ
انقلاب راتکُ دوہکُ سرہ کرِ چُھ کیاہ

قاُدچھکُ یکھس یُوتس منز کر نظر
بیاک عالم وُچھ دلس پننس اندر

پننہ مژہ منز ہیول انہ گژھ ہندو وُوُتھ :-
اک رکھاہ ہش وقت ژرے زانتھ تھوو تھ

فکرہ چانے زون دوہ تے رات گژ
مینز تھن تمہ ستی وقیتچ زیٹھ رز

ژےامی رزہ ہُند بنوُ تھ یوٗنہٕ پن
پوٗتلبن ہندی یاٚ ٹھۍ چھُک باٚطل کُنن

کیمیا اوسکھ، بنیتھ مژہ موٗ ٹھ ژہ گوکھ
ہرِ حقک ننیٚ رُتھ ژ ہتے باٚطل بنیوکھ

مُسلما! پان یونہٕ نشہ آزاد کر
ژونگ بن اسلامہ چے مجلسہ اندر

چھُک نہٕ زانان اصلیت وقتچ چھ کیاہ
چھُک نہٕ زانان زندگی ابدچ چھ کیاہ

کوٗت کال روز کھ دُہک راتُک اسیر
لِیْ مَعَ اللّٰہ پر لبکھ وقتُک ژہ سیر (۱)

یاٚدہ کوز پرتھ چیز یکنن وقتہٕ کی:
وقتہ کین سیرن ہُندے سر زندگی

---

(۱) لِیْ مَعَ اللّٰہِ وَقْتٌ لَا یَسَعُنِیْ فِیْہِ نَبِیٌّ مُرْسَلٌ وَّلَا مَلَکٌ مُقَرَّبٌ (حدیث)

وقت اختابک چھُ نہ لوسُن کھُسن
لوسہ وۄن اختاب تے وکھ پوشہ وۄن

عاشن تے غم، عید تے عاشور وقت
زونہ ہُند گاہ آفتابک نُور وقت

ژے مکانک ہیو کھجر وقتس دتھ :
انتیا زراتس دوہس اندر کورُتھ :

چمنہ نیرتھ گوکھ مشکلُ پاٹھی خوار :
پانہ پانس کیت کورُتھ زندان تیار

وقت سوئے ییتھ نہ گوڈلے آنت چھُے
گوبھو لیتھ سانی ضمیرہ کہ باغہ سُے

معرفت وقتُک گژھان حاصل چھُپس
صُبحہ نشہ پمہ سزلان ہستی زیادہ تس

زندگیہ ستو وکھ تہ وکھہ ستو زندگی
(١) لَاتَسُبُّوالدَّھرَ فرماوان نبیؐ

اَک وَنے نوکتاہ چھُہ یُس روشن سٹھاہ
یُس پرہ زٕ لَونہٕ موختہٕ نِشہٕ پربزِلن سٹھاہ

فکرٕ تیتھ پانے ترٛی کیاہ گوو غوو لام
کَس وَنان آزاد کیاہ تمی سُند مقام

چھُے دوہس راتس اندر راوان غولام
راوِن آزادس اندر چھی صبح شام

عَبد چھُے ئینان دوہ ہنی ہند کفن
راتہ دوہہ ستی ولتھ تھاوان بدن

حُر چھُہ پانس وارہ رٕژہ اندرے کڈان
پانہ وقتس پان سُے اندی اندی ولان

---

(١) لَاتَسُبُّوالدَّھرَ فَاِنَّ الدَّھرَ ھُوَاللہ (حدیث)

عبد کیاہ وُفہِ زال تس کہت صبح شام
تس ہیٹھن وقتک گوٗمت لذّت حرام

حُر چھ یژ جالاک تے سینس اندر
بند کرتھ تھاوان چھ وقتک جانور

عبد تی ژھانڈان ئی حاصل چھُ تس
چھس نہ زاہ کُنہ نوٗہ دریچ خاہش دس

کاہلی چھ نہ تس دوان بدلنہ مقام
تس چھ سے پرانی حکایت صبح شام

کار نوٚئی نوٚئی حُر چھ پرتھ ساتہ کران
نغمہ تمی سنزِ تارہ منزہ نوٚئی نوٚئی دزان

زاہ کران تکلیف تکرارک چھُ نہ ؛
وتھ تسنز زاہ آرہ پرکارک چھُ نہ ؛

چھے دوہن ہنزہ بڑہ نأکی عبدس فقط
گراوٗ تقدیر وح وُٹھن بیٹھ تس فقط

ستی تقدیرس کران حُر کتھ تہ بات
نیٖ چھِ تمی سندہ دستہ سپدان حاذثات

چھے پتم بروٗنھم وُچھان تمی سنز نظر
خفتہ واراہ ژیر تمی سنزِہ وُژھ اندر

کتھ چھ تژھ ہش چھ نہ کہنی آواز یتھ
چھ نہ یوان ادراکس اندر زراہ یہ کتھ

کتھ مہ کرتے معنہ چھُ نہ حرفک نشان
معنہ چھُ نہ زانان کیاہ گے حرفہ ژان

مَعنیَن بیلہ جامہ حرفک وول سہ موٗد
نار کہنہ چانہ چھوہ کو تتھ منزنہ رود

نوٚکتہ یُتھ غیبُک حضورُک منز دس
چھُے تتھے کنہٕ سِیر وقتُک منز دس

چھُے وزان ژھوٚ یہ دم کرُتھ وقتُک سیاز
وس دس منزادہ لبکھ وقتُک یہ راز

یادِ پچھم تم دوہ یوان مے بار بار
أسِ ئلہ شمشیرِ وقتچ سأ زیار

بیول دِینگ وُوٚ کھہن دلہ کین اندر
تُل حقس اسہ پردہ تے نوٚن کوڈ پزر

دِنہکُ مزٕ رأدی گنڈ سا ہنو نمو
سجدہ سانی بخت مزہ بیدار گو

حقہ کہ کھُمبہ منزہ کوڈ شراباہ رُتہ سبٹھاہ
پرآعذ کرکری میخانہ اسہ سأری تباہ

ہاڑہ بہہ چھُے کھاسبن اندر پرُنے شراب
یمئ چہ گرمیہ رستی بیالکُ شیشہ آب

چھِے ژ بہہ مغروری تہ نخوتہ کیرہ سان
پامہ اسہ تیتھہ مُفلسیہ بیٹھہ چھِکُ دوان

سانہ مسہ اُس شُو بہ وُذ محفل زبر
اسہ تہ اوس اکہ دقتہ دل سینس اندر

نوُوزنم رُسُس از چھُہ ژھوہ باران کرتی
یادہ گوسا ہنو کھورن ہنزہ گردہ رتی

پننہ رتہ سگہ رُوُوا سہ یزرک چمن
حق پرستی ہیچھاسی نشہ عالمن

سانہ برکتہ لگ پران تکبیرگے
سانہ مژہ ستی کعبہ ہا تعمیرگے

آسی حقن بیچھ ناوی تے اِقْـرَاء پوڑ ①
پنہ اتھہ تقیم تمی سُند رزق کوڑ

از اگر سا بنوا تھو منزہ تاج گو
بیچھہ وَنہ من کُن وُچھ مہ زاہ نظر ونچو

نظرہ اندر چانہ یتھ بدکار آسی
یتھ مہ کا لکھ اسہ تہ وارہ خوار آسی

لا الہٰ یتھ پڑھ چھُ وَنہ سا بن دلن
وُنہ اسی چھی لا پچھ دونہ وَنی عالمن

اسہ چھُ غم مشرو وُمُت پگہک ازُک
کأنسہ تیتھ تلمت قسم اسہ محبتک

اسی دلس اندر حقس اک سیر چھی
موسیٰ ہنزٔ ہارونٔ سندی وارث اسی

---

① اِقْـرَاْ بِاسْمِ رَبِّكَ الَّذِىْ خَلَقَ (العلق - ۱)

سون گاہ وُنہ زُوِنہِ اختابس اندر
وُنہ تہ چھے وزُ مُلِنہ اسہ اوبرس اندر

حقہ کہ ذاتکُ آئنہ سآئنی ذات زان
مُسلمن ہنز زِندگی حقہ سُند نشان

## دعا

عالمہ کہ جسمکُ خدایا چھکُ ژہ جان ؞
سون زُو ژی چھکُ تہ اسہ نشہ چھکُ ژُلان

فآئضہ چانی ساز ہستیہ ہُند وَزان ؞
چانہ ہستی زندہ چھے سورُے جہان

یُس مران وتہ چانہ منز تسُئ کیتُ ابد
زندگیہ توہ کنُ گژھان موتکُ حسد

بیہ دِہ اسہ تسکین ستے دل شاد کر
جا ای پنہ نی رٹے ژہ بیہ سینن اندر

بیہ ژہ اسہ نِشہ کر طلب شوہ ہرت تہ ناوَ
پوہ ختہ بیہ ووہ نی عاشقن پنہ بن بناوَ

اَسہ چھ تقدیرچ شکایت واریاہ
نرخ تھوڈیر چون اُسی مفلس سیٹھاہ

مُفلِسن نشہ روہ خمہ تھوپرکس اندر
(۱) عشق سلمانُن بلالُن سروگ ژہ کر

بیہ کراسہ سیانچ ہش فطرت عطاہ
نندرہ رُس مُ اچھ تا رُس دل اے خُدا

ہاوَ آیو اندرہ اسہ آیاہ مبین
(۲) دشمنن اَعنَاقَ گرڈھ تیہ خا ضِعِین

---

(۱) حضرت سلمان فارسیؓ تہ حضرت بلال حبشیؓ
(۲) ان نشأ ننزل علیہم من السماء آیۃ فظلت اعناقہم لہا خاضعین (شعراء ۴)

گاسہ کرٕ ہٹ اُسی چھی بناوان ناره بال

ناره سانی سیتی غیر اللہ زٕ ہ نرال

تو مس اتھ منزِ وحدتچ رزیام گے

کاہِ اندر سانہ اده گنڈ ہ کیتی پے

تارکن ہندی پاٹھرٕ اسی گے دربدر

سیتی آستھ اک اکس نشہ بے خبر

سانٔز یم ساری ورق یکجا ژه کر

بیہ پنُن دستور لولُک تازه کر

بیہ دِہ پنہ نی کام پنہ نین عاشقن

یُتھ تمے بیہ پرانٔ ہش خدمت کرن

ہاوُ سُے منزل چھُ یُس چہُ نُے رضا

کرژه ابراہیمہ سُند ایمان عطا

لَا چھُ کینٛہہ ہیو شوٗغل عشقس ہاوٗتی
سیر اللہ چھُ کیاہ تس ہاوٗتی

غم ہیٚتھ ہیٚند بوٚسٹھاہ پالان چھُس
یان شمعکی پاٗٹھی یٔژ زالان چھُس

ینہ مجلسہ منز بوٚ اوٚش ہاران چھُس
کیاہ وۄدن گوٚو تی ہیٚتھ ہاوان چھُس

میون اوٚش یارب دلکُس چھُم بہار
یُس سٹھاہ مضطر تہ وارہ بے قرار

سُہ وٚن باغس تہ تتھ وۄہ یدِاوِہ نار
لالہ کِس جامس سُہ چھلی چھلی تراوہ نار

دِل یوٚس سیتی چھُم تہ اچھ پٔکھس سٕنے
ینہ مجلسہ منز چھُسے بوٚ بس کنے

واریاہ بیتہٕ چھی پننۍ کنۍ یار میاۓ
لبۍ نہٕ زاہ تمہٕ وۍ نگراسرار میاۓ

کتہٕ لبن یارب جہانس منز ندیم
چھس بوہ گُل طورکُ نگرکتہٕ چھم کلیم

چھس بوہ ظالم تے ستم پانس کورُم
نار ہتینگلاہ اک مہٕ منز سینس روچھم

لوٹنم سامانہٕ ہوشک یمۍ سُہ نار
زولنم دامانہٕ ہوشک یمۍ سُہ نار

عقل تمۍ دیوانگی ہیچھ ناۓ ونم
فلسفہٕ ہستی مہٕ زاۓ لتھ تراۓ ونم

تھوڈ چھُ تمہٕ کی سوزہ اختابس مقام
گتھہ کران وُز لنہٕ تتھ چھے صبح شام

شبنمگ یاٰ آٹھین ودان واراہ بوگوس
نارہ اندرِ مہ کُے اوین توہ کنی بنیوس

دِژرمہ شمس نورہ دزنچ پاٰری زان
پانہ زولُم عالمس ژورے مہ پان

میانہ پرہیتھ موٕ یہ والہ کھوژت آخرالاوَ
فکرہ ہنزہ رگہ میانہ اندرے ناردراوٕ

بُلبُلن میاٰنی دانہ تمبر پوا اندرہ کھبووَ
پاٰدہ نغمن منز تمس ادہ سوز گوو

دلہ ورآئی میانہ وقتکُ سینہ چھُے
غم چُھہ مجنونس وُچیتھ محل ژھورُے

ژآنگی سُند تنہا دَ زُن چُھہ نہ سہل کہنہ
ہائے چُھہ نہ میون اک تہ پوَ میرُاہل کہنہ

چُھم نہ کاہنہ غمخوار پرارے کوت کال
رازدارہ ونتہ ژھارے کوت کال

ہا چُھا اختا بس تہ زُونے نُور چون
بنُو مہ نشہ واپس یہ سینک نار میون

ئم امانت یُس مے چُھم سینس اندر
کونڈ یہ آئنہ کہ جوہرک کڈ تم نیبر

یامہ یارہ پتہ مہ کالک ہیو دِتم
آئنہ، زالن والہ عشقک یُس بنیم

آبہ لہرا آسان چھے سوزس اندر
آبہ لہراہ بباکھ تس چھے ہم سفر

تارکس ستی چھُ تارک ہیٹھ بنس
زُون کلہ نرآوتھ کوٹھس ہیٹھ چھے شمس

گاشس انہ گٹہِ ستو چھُے ملہ وان پان
دوہ از یکُ بگہس بیٹھن تراوان پان

پان اکس کوہ لہ ہند بیس کوہ لمنز پھٹان
پان مشکس منز ہوا چھُے راوہ ران

رقص چھُے گوشن اندر روا آرانہ کین
ستو دیوانس چھُ دیوا ناہ نزن

چھے کُنی یو دوے خدایا چانی ذات
ینہ بابت چھُتھ بنومت کائنات

بو چھُے صحراوہ کیس لاس بہوُ وے
چھُس یوہ مجلہ منز گر بالکل کنُے

مہربانی کرمہ دِم یارا ہ زبر
میانہ سیر چ داره لیس آسی خبر

آسِس دیوانہ تے داناشہ یار
کرہ نہ یُس کُنہ چیزہ کُے پرواشہ یار
یُتھ بوہ بَرۂ ہا سمنز پنہ نِے تِس اندر
بُتھ پنن وُچھ ہا تندسِس آنس اندر
پننہ ہَژرہ موہ چھہ ہُند بناوِن پان تِس
کُنہ پوہ تُل لاگس تہ کُنہ آذر بنس

## تمت بالخیر

فالحمد للہ رب العلمین
والصلوٰۃ والسلام علیٰ رسولہ الکریم